# TOTA TE AINA

(KASHMIRI PLAY)

By

**MOTI LAL KEMMU**



5-APNA VIHAR ,KUNJWANI, JAMMU-180010

گوڈنیک ایڈیشن: ۱۹۸۴

دوٗیم ایڈیشن :۲۰۰۷

پریس : جے کے آفسیٹ، جامع مسجد، نئی دہلی

تعداد: ۵۰۰

مول: ہتھ روپیہِ (Rs100)

سرورق: محمد یوسف مسکین

# گوڈکتھ

پَننہٕ گوڈنِچہِ کاشُر کتابہِ "تِہٕ ناوِچہ "گوڈکتھ مَنز وَڈن مِنٛزٕ ترٛےٚ ناٹک یِمہٕ تِمٕ مَنز آسی تِم آسی کاشُرِ لُکہٕ رَنگُچ ہیئتہٕ مَنز بٔنِ یاد پیٹھ لیکھنہٕ آمتۍ۔ یُودوے مِنٛز پَتہٕ بلیہ کُنہٕ ہیئتہٕ ہندی ناٹک لیکھو تہٕ خبر بہ کیثازٕ آس اُتھی ہیئتہٕ ہِندِس وَرتاوَس مَنز گَنٛڈنہٕ تہٕ گُنٛزٕرنہٕ۔

ژھاے تہٕ لل بہ ڈرالیس لولرے اُسی دوشوے اَمہٕ ہیئترٕنش بیون۔ حَرَم خانگ اُنہٕ اوس سَنسکرت تھیٹرچہ ہیئتہٕ ہنزٕ بَنی یاد نلمہٕ مگر بھوائی تہٕ بانڈ پاتھر کرٛو پنچ بلہ ڈن ہیتھ تہٕ برد نہہ پہن ٹکنہٕ وچہ مِنٛز مِیانِو ناٹکو ہیئتر اکھ سو بیہتھ یَختیار کرٛنٛز بیتھ بہ پنُن اکھ مخصوص سٹایل تہٕ فارم وَنہٕ۔ حَرَم خانہٕ کِس اُنس مَنز اَڈن مِنٛزٕ گوٗرس تہٕ کوٗرس نہٕ چھ سَنسکرت ڈرامہس مَنز نہٕ بانڈ پاتھر تہٕ بھوائی مَنز یہِ چھ بدیشی رَنگ مگر مِنٛز پانہٕ نوٗد یہ اکہ خاص اَنداز۔ حَرَم خانگ اُنہٕ چھ پیش کاری

مٔنٛز کوٚرمٕتۍ یہ بحثٕ یتہٕ آدم پرٛد استعمال۔ سیتی کوٚرمٕتۍ اُتھی منٛز پرٛدک تنہٕ کنہٕ
استعمال یتھٕ کنہٕ سنسکرت تھیٹرس یا کتھک کلی منٛز سپدان چھُ۔

"کأنٛسہ ہارووُمت ہیٚے کیاہ گوم" اوس اکھ MOCK EPIC یتھ منٛز بانٛڈ
چھہ مسخرٕ چھہ تہٕ ڈراما چھُ۔ یہ چھہ پنٕنہِ قسمُک اکھ طنزیہ ڈراما۔ وٕہمو تھمو ناٹک رٕڈِ
رٕنش بدٕ ذٕن یم اسہ وٕہمین زبانٕن منٛز دستیاب چھہ۔ ماحولٕ رنٛگہٕ خاطرٕ اکھ زوردار
داستان پاتھرٕ۔ بانٛڈ پاتھرس منٛز چھہ مسخری اہم کردارٕ میانہٕ ناٹکن منٛز یہ عنصر اُستھ
تہٕ چھہٕ مسخری اہم بٔڈ کٕنتھ ہندٕ داستانو یہ تہٕ کردار۔ اَوے چھہ پرٛنہٕ وٕنہ گی ڈگوٚڈ یم
ناٹک لُوٚتی باسان مگر وارٕ وارٕ کنتھ تہٕ سنٛبر درینٛٹھ یوان۔ یتہٕ چھہ یوان درینٛٹھ
نِریپیاٗنی پانہٕ ناوہٕ ہٕر ہیٚتھ چھنے مُشکل مگر خیالاتھ تہٕ یادٕتھ سیٹھا اُسنہ منٛزٕ
ہکہٕ ناٹکس متعلق تہٕ چینے یہے وَنٕن۔

ازیکہٕ یہ پینہٕ نمین یمن ڈرامہن نظرٕ چھس دوان۔ منٛے چھہ باسان زِمنٛے چھہ
اکھ نَوٚ روٗپ، نَو انداز یمن ناٹکن دِتھمُت تہٕ پیش کاری منٛز تہٕ لبٕن یم اکھ
مخصوص روٗپ۔ یتھ نوٚس ناٹکس منٛز چھُ منٛے یمہ نے تجربن ہنٛز ہٕنی یاز پیٚٹھ
بنیہ کینٛہہ بٔرٕ زرٕ کوٚرمٕت۔ یتھ منٛز تہٕ چھہ منٛے کوٗرس استعمال کوٚرمُت۔ یُودوے وچھو
کوٗرس یہ گیوان چھُ یا دٕنان چھُ یا عملٕن ہاوان چھُ تہٕ چھہ ناٹکچہ کنتھ بدٕ ذٕن آسنہٕ
یاٗرلتھ تہٕ تتھ پیٹھ اکھ کومینٹری۔ یہ چھُ ازٕکالکہ دربینٛٹھ مان پٔرزنٛج یادٕتھ کران۔
کوٗرس چھہ آدمی پرٛدٕچ کام تہٕ دِوان۔ ناٹکس منٛز سیٹِنٛگ ہنٛز کام تہٕ دِوان تہٕ
مددگار کردارن ہنٛز کام تہٕ انجام دِوان۔ یتھ کنہٕ چھُ تمس ناٹکس منٛز سیٹ آسنٕچ
صوٗرتھ تہٕ پوٗرٕ گژھان تہٕ یہ ناٹک ہیکہٕ رنٛگہٕ ہالو تہٕ بند کمرٕ نیبرٕ تہٕ گنٛدنہٕ یتھ۔

سنسکرت ڈرامہس منز چھ سوتردار ابتداہس منز لکن برونہہ کنہ یوان تہ ناٹک تعارُف کرناوان۔ کنہ کنہ سنسکرت ناٹکس منز چھ اَمِس ستی "نٹی" بتیاکھ مددگار کردار۔ یم دوشوے چھنہ یتہ ناٹکس منز دریشٹھ یوان۔ مینے کری پننہٕ نین ناٹکن منز یمن دون کردارن ہُنز بنی پاڑ پیٹھ ترنود ڈرامہس منز قادر بانڈ تہ لڈی شاہ۔ مانگلے ڈرامہس منز احدی مسخر تہ نبہ لالہ، منزلکس منز جوان مسخر تہ بٹہ مسخر حرم خانہکس اَلس منز ماگن تہ گوپالی ہیوی زوردار کردار پیش۔ یم چھنہ صرف سوتردار تہ نٹی ہندی پاٹھی صرف ڈرامہک تعارُف کرناوان بلکہ پانہ ڈرامہکہ اَڈھلن حصہ بنان۔ رنگہ عمل برونہہ پکناوان۔ ناٹکہ کین دون حصن یا دون واقاتن جوڑ دوان تہ پانہ اہم کردار تہ بنان۔

یمہ نے کردارن نکھہ اَکھ مِنے بیتھ ڈرامہس منز ادارنگ تہ سدا رنگ تہ یم ساری کردار چھ میٹاکس ڈراما فارس دونلان تمنز اکھ پننہٕ قسمک رنگہ بخشان تہ یم گنڈن گری کردار روزن پرن والس یا ناٹک وچھن والس پیٹھ ن دیر پا اثر تراوان۔ یم چھ ناٹکہ چہ عملہ پیٹھ لکن پیٹھ حالات و واقاتن پیٹھ کومنٹ (COMMENT) کران۔ بیلہ درشینہٕ رنگہ عملہ تہ سٹیجس پیٹھ پیش واقاتن منز مشینہ محو چھ گژھان یم کردار چھ تمس تمہ وزِ ALIENATE کران۔ تکیازِ یہ چھس یینہ نین ناٹکن منز بہ روپ ورتاوتھ تمی کتھ ہنز باوتھ یژھان کرن یوسہ گنہ جرمنی ہند بہلہ پایک ناٹک نگار برخت یژھان اوس۔ تہ گوو درشینہ گژھہ نہ جذباتن تہ واقاتن منز محو گژھن بلکہ ہشیار ذہن اَستھ تمن واقاتن پیٹھ ردِعمل ظاہر ہیکن کرتھ۔ تکیازِ مِتے چھ پریتھ ناٹکس منز کینہہ نہ کینہہ دن،

کینٛہہ باوُن تہٕ بیہ وُنُن تہٕ باوُن چھُنہٕ نارٕ بازی۔ نارٕ بازی خاطرٕ ییلہِ نہٕ ٹہ ناٹک۔

---

بالہٕ پانہٕ پیٹھ اوس منٛے تھیٹرُک جۆنوٗن۔ منٛے کرٕ پنٛنی کِنۍ کٲشرِ مَنٛز تھیٹر تحریکہِ
دعہ نہٕ ٹار دِ بنیٛج کوٗشش حالاں کہٕ کٲشرِ رنٛگُک کانٛہہ سعہ نہٕ رۍ دور آو نہٕ ڈُنہٕ۔ اکھ
تحریکہٕ کوٗر منٛے داریاہہ رنٛگہٕ بٔرٔرٕ۔ یتہٕ مَنٛز سٹیجہٕ باپتھ لیکھُن سیٹھا اہم چھُ۔ کٲشرِس
مَنٛز چھِہ سٹیج ڈرامہِ ہُنز ہنٛر بازٕ دیٛرمے۔ یِہے وَجہ چھُ زِ تخلیقی اٰمارن دِشہ منٛے وُنِیٛ
تہٕ بہٕ بنیٛوس ڈراما نِگار۔

ڈراما چھُ میانہِ خاطرٕ اکھ قابل ترین ذٔریعہ۔ دُنی یہُک پرووُمت اَتو بھو
بادنک تہٕ اِنسانی حالات پیش کرُنک، یم بٔہ پانہٕ زُدان چھُس تہٕ وُچھان چھُس۔
یمہٕ چھُ بادٕتھ کرُنک تہٕ پیش کاری ہُنٛد سُہ ذٔریعہ یُتیمہٕ کِنۍ بٔہ زِندگی ہُنٛد بیٛ شمُہر
وہ تلاوان چھُس تہٕ بٔتے مانیشتھ نُنہٕ راوان۔ معولہ وَسہٕ ڈُنہٕ قدرِ، اِنسٲنی ذہنٛیچ
کشمکش، اِقتدارٕچ ننٛگہٕ بوچھ تہٕ دوٗہرش مَنٛز پیٛدوٗنی اِخلاقی تہٕ سَماجی وٕطیرٕ تہٕ قدر
چھِنے تِم موضوع یم میانین ناٹکن مَنٛز چھِ جاے لبان۔ یِمہٕ نٔے موضوعن ہُنز تخلیقی
وُزِنی چھِنے منٛے مُلکہٕ کِین رِوایتی تہٕ لُکہٕ رنٛگہٕ روٗپن مَنٛز تجربہ کرٕنیٛج وُتیش دِوان۔ یِم
جُنز تہٕ لوٗفطرٕیمَن روٗپن مَنٛز رٕتی تہٕ اَہم چھُ چھُسکھ بٔہ ژٲر کرِتھ بدِ کٔڈان تہٕ اَکِس
مخصوٗص، ہیٛیتس زٔنم دِوان۔ یُس میانہِ تخلیقی صوٗرژ زٔرچھُ پوٗرٕ کران۔ مغربی تھیٹرٕچ
رٔژھا زان تہٕ ارٕ کالہٕکِس بھارتی علاقٲیی ڈراہمہس سٟتی واتھ آسنہٕ کِنۍ چھُس کُنہٕ حدس تام متاثر۔
مُلکہٕکِس یَرِتھ لُکہٕ تھیٹرس مَنٛز چھُ اَکھ اَسہٕ دُن کِردار یُس مَسخرٕ ودوٗشک
نَقال یا کٲشرِ پاتھ یا بانڈ وَنان چھُہ۔ یِیمی سٟنٛز خاص کام چھِنے خالص اَسہٕ نادُن

پانس پیٹھ اَسُن تہٕ پننِس اَندٕ پکھس پیٹھ خنٛدٕ کَرٕنۍ مٮ۪کر کوشش زانُس
کِردارس کَرِ نو اَمانہٕ زٕ دو غلطا یتھ زَن یہِ ہم کانٛس سیٖتۍ موزوٗن مُناسبت تھوٚ تہٕ تِمۍ ہنٛد ڈسی ٹھنہٕ
دُنیٖہک تہٕ زِندگی ہنٛد بٔیہِ مانیٖتھ باوٕ۔ تِہِنٛدۍ ہیکوٚ ون میانیٖن ناٹکن مَنٛز یِہ شانہٕ دِوگن
دٔرل کِردار مختلِف رٔویَن مَنٛز لبنہٕ۔ اَتۍ مسخرۍ گران تہٕ اَتۍ خنٛدٕ کَران۔ گراد ھاندلین
پَردٕ چاک کَران تہٕ گرا ظُلمس تہٕ جبرس بتھہِ پیٹھ موکھُٹ تُلان تہٕ عام لوٗکن ہنٛزن
خاٗمِیَن تہٕ کمزورِیَن پیٹھ اسان۔ کُنہٕ افسر شاہی ہنٛز پھنٛدٕل ننہٕ راوان تہٕ کُنہٕ چھیہ گری
بدٕ کٕڈان۔ یوٚزِ ہٮ۪ یُزِ وُسہٕ چھُہ نشاتس کان لایان۔ اَماپوز ما مان نہٕ ٹھلی کرِ لوٗکن
ہلی کانٛہن گرِس کَران۔

بہرحال اَمیُک مطلب چھُنہٕ یہِ زِ یہِ کیا چھُسکہ خالِص لکھ اَسہٕ ناوِنۍ پٔرھان
یا اَسُن موضوع بَرھان بناوُن۔ ظرافت، سانٛگ، نقالی، مسخرۍ تہٕ باٗنڈٕ چھیٚ صرف
ذٔرِیہٕ یٔیمہٕ کِنۍ قاری یا دَرشکس لکہِ فِطرت ییہِ باوَنہٕ۔ میانٛۍ کُنہٕ چھُنہٕ ناٹک یا اَدبُک
کانٛہہ رٔپ خالِص ہیٚبتھ مَنٛز تجربہٕ کَرنُک مَشق۔ نہٕ چھُہ کُنہٕ مخصوص نظریُک پروپیگنڈا
کَرنُک ذٔرِیہ یِہ مکمل رَنٛگہٕ اَتھہِ بجوٚ چھُہ تیٚلہِ سِپدان ییٚلہِ یہِ تمہٕ زمانٕچ تہٕ زُگتہٕ چِہ پیچیدگی
منعکس کَرِ یٔیتھ مَنٛز اَسۍ زُوان چھِ۔ یہِ چھُس بَرھان زِ میانٛۍ ناٹک وُچھتہٕ گرتھی لوٗکھ
سوٚچنہٕ، تِم گرٕ دھی تھیٚٹر مَنٛز مَن رٔنٛزناوِتھ نیٚبرِ نۍ فِقرٕ رُور مگر تِہٕنٛز تاثرات تہٕ سوچ ہٮ۪تھ
یتھ یہِ دُنی یا بدلاوِ ہَن تہٕ آدم رُت اِنسان بَنہٕ ہٮ۪ اَتھہٕ تہٕ پائِر جا سِپد ہٮ۪۔

کانٛہہ تواریخی واقعہ یا لُکہ کتھ تہٕ چھُس یہِ پننِس مخصوص رٔوِیَس مَنٛز پیش
کَران۔ یتھ جدید دورس سیٖتۍ تولُق آسہٕ۔ خالِص تواریخی واقعہ یا لُکہ کتھ پٔرھ آسہٕ
تہٕ تِم چھُنہٕ مٮ۪کُتہٕ کانٛہہ دِلچسپی بَخشاوان ٹھلی کِہ اَتھ گرٕ دھ فِقرٕ رُور موجوٗدٕ دورس سیٖتۍ

مُناسبت تہٕ تولُن آسُن۔ ییمہٕ کنہِ دُلیل مُکہٕ گژھ یا تواریخی واقہ ہیٚمہ بدلہٕ یا تہٕ چھ علامتی کردار اختیار کران یا مجازی یا تمثیلی رُوپ رٹان۔

پننہِ وٕزٕ جوٗد کین سُنزٕن منٛنز چھ مےٚ کشیر ہُند لول تہٕ اما رٕ مےٚ چھ ییتھ کہوا، ترلیش تہٕ میٛنشر نا ٹھ۔ اکہ ادٕ ییٚتھ نابہ ہُند اثر حیٚوٗن گژھ چھ مےٚ اتھٕ رٚشتس ستی نوٗرٕ تھو۔ یوہے وَجہ چھ شاید ییلہٕ تہٕ مےٚ موقہ میلہٕ تہٕ تس رواج تو نگی ہُندک وَرق بھران تہٕ ہران ییٚتہِ مےٚ ییٚتہٕ چھ میٛنشر ہُنٛز گژھ چھےٚ میلان۔ ییٚمہِ وادی ہُندک مُسافر چھ مےٚ پرٚارنا دوان۔ امارٕن گر کھ دوان۔ خوشیہ آسٕر تہٕ واکہ جذباتن ونٛلش دوان، ییٚتہِ کین موسمن تہٕ رٕوُن ہُند زُکہٕ بھیٚر تہٕ رنٛگ بدلاوُن دریٚشمان چھ مےٚ پانہٕ اکھ ڈراما لبنہٕ لیان۔ یہ چھ سُہ رٚشتہٕ لیس آدمس تہٕ قُدرتی قوتن پانہٕ داز چھ تہٕ یوہے رٚشتہ چھ میٛانِس اکس ناٹکس پٔت منظر تہٕ بخشان۔

---

"طوطہ تہٕ آنہٕ" چھ حاضر۔ طوطہٕ چھ تی باوان یہ ہیٚوِ ہمت چھین آسان، تہٕ آنہٕ چھ تی ہاوان یہ ہنٛدٕ آسِس۔ پَزرٕ ییٚمہٕ رنٛگہٕ وُچھوس تمی رنٛگہٕ ہاوُکھس۔

موتی لال کیمو

فروری ۱۹۸۳ء

کردار:۔

**مرد**

---

اُدا رنگ

سَدا رنگ

راجہ

داتا وزیر

دینہ داس

طوطا

**زنانہ**

---

مہارانی

وزیراماں

اپسرائے

شمیرا

**کورس**

(گهِلس جنگلس منز گهوڑن مو کهڈول تہ تالہ ہور دایان وایان
اَدارنگ تہ سَدارنگ اَژان)

اَدارنگ : (نمسکار کرِتھ لوکن کُن)۔ شرن گژھہ تس آدِ دیوس گرژهن لیس ساری
دِہگن چھُ دۆر کران۔

سَدارنگ : (زنتہ کانسہ دیوس پرن ہوان) پرن گژھہ تس راژس ہیون لیس
ہیہ نِشہِ چھُ دۆر تھاوان۔

اَدارنگ : سَدارنگ ! گوّن تہ گهُل وَن تژود آسہ پتھ (وایُن ترادان)

سَدارنگ : (ژوہ پاری نژان) شکرٕ پرمیشورُ سُند۔ سیٹھہ چھُ تی باسان اَدارنگ۔
ییتہِ چھ جانا دار موٗدُر بولی کران۔ ہاں۔ اُسی چھ کتھہ تام تیپہ وَلنس نزدیکھ۔
وُچھ ییتہِ چھ خالص دَچھ کجہ۔ ہی تھر نہ گوٗلاب تھرِ۔ واہ واہ ! خوش
یوٗن نظار۔

اَدارنگ : اَما طوطہ سُند بوٗلُن چھُ کَنن گژھان۔

سَدارنگ : وُچھ ہکیاہ چھُ اَسمانی وُپهان۔

اَدارنگ : یہ چھ اَسی نزدیکھ یوان۔

سَدارنگ : نژان نژان وُپهان۔ اَسی وُچھتھ توشان۔

اَدارنگ : زنتہ چھُ اَسی اَلنہ تہ وَلتہ یوان۔

سدارنگ :- سوٗئے کانٛہہ پٔتھر ما چھُ ؟

اُدارنگ :- آلے ! وُچھ دٔراد ہُنہٕ جورٕ سٕتی ، یکہٕ پالٕس ۔ دٕ قدم ۔

سدارنگ :- پرٛتھ ہُنٛن جایا دُچھنہٕ گُڈٕ ہاو تھٕکن ۔ پٔتہٕ رُنہٕ ہو بٔتہٕ پاو ۔

ادارنگ :- پوٗز ییہ چھُ چھٔنے سٕہی ہُجُتھ ۔ یکہٕ جُل جُل ۔

سدارنگ :- ادارنگ ! تھکھہ نا کانٛہہ تال ۔

ادارنگ :- تال کٔنہٕ راگ ! دُرپدٕ کٔنہٕ بوڈٕ رنٛگ ۔

سدارنگ :- تٔمہٕ سٕتی گُذرٕ سٕمے ، بٔنیہٕ ژٕلہٕ تھٕکن ۔

ادارنگ :- تہٕ آسہٕ کوٚت چھُ دانٛن ؟

سدارنگ :- راز دانہٕ ۔

ادارنگ :- کیاز ؟ ٹمنترن چھا کُنہٕ راز گٕرک ؟

سدارنگ :- نہٕ تٔتہٕ چھٕنے رنٛگہٕ دٕوٕ فے لگن واجینی ۔ اُسی نہٕ ہاو وٕپٕنُن رنٛگ

ادارنگ :- تٔمے پرٛانہٕ دیٚوی دٕوتاہن ہُنٛرٕ لیلایہ ۔

سدارنگ :- تی چھُ سون پیشہٕ ۔ مورُوٗثی پیشہٕ ۔ اُدٕے چھُکھ دوٚنمت ۔

ادارنگ : کیا سُنا ؟

سدارنگ :- ادارنگ تہٕ سدارنگ یِیلہٕ تھٔران لیلاے رنٛگ

ادارنگ :- رنٛگہٕ دٕوٕ یہ پھوٗلان رنٛگ لگہٕ جشنٕن گُلسان رنٛگ

سدارنگ :- اسہٕ چھُ پھوٗلان پالٕس رنٛگ

ادارنگ :- لوکن منٛنس ژٕلان زنٛگ

سدارنگ :- یُس نہٕ دٕوان مانٛگے دان

اَدارنگ :۔ تَس ما اَنان تہِ تنگ۔

سَدارنگ :۔ ادارنگ ! ہے ادارنگ۔

ادارنگ :۔ رٕچھِن ہوان لوکہٕ رنگ۔

سَدارنگ :۔ اَدارنگ ہے اَدارنگ ؟ (زٕھہ پہٕ) بوزان چھُکھ نا اَدارنگ۔

اَدارنگ :۔ مےٚ اَسہِ دَبِس یتھ رٔنگہٕ ستی آشر۔ وَن کیا چھُے وَنُن۔

سَدارنگ :۔ گُتام سُند کُن ہیوٗ چھُ گژھان۔

ادارنگ :۔ یتھ جنگلس منز؟

(دوشوَے زنتہٕ کھوژان)

سَدارنگ :۔ آ۔ دُچھ ژھاےٚ ہش چھنہٕ گژھان ؟

اُدارنگ :۔ ٹھیک چھُ۔ وایان گژھ تیلہِ تالہٕ ہوٚر۔

سَدارنگ :۔ تکہٕ دِن دِن۔ تکہٕ دِن دِن دِن۔

اَدارنگ :۔ تکہٕ دِن دِن دِن۔

(ریٚس منظرس منز گژھان راژہٕ سنٛز آواز)

راژہٕ :۔ خبردار ! تُہٕ کَم چھِوٕ ؟

سُدارنگ :۔ تکہٕ دِن دِن دِن۔

اَدارنگ :۔ (تروٕ زدہٕ ڈول وایان) تکہٕ دِن دِن دِن۔

راژٕ :۔ یِنہٕ برٛونہہ پکِو۔

سدارنگ :۔ سیٹھاہ دَلیو ! یہٕ کَمہِ سنٛز آواز !! (ڈول تہٕ نالہٕ ہوٚر وایُن بند کران)

اَدارنگ :۔ ٹھہرِ ! ژٕ یُس چھُکھ سُہ چھُکھ۔ اَسہِ برٛونٛہہ کُن پیہ۔

(با پوشاک، تاج لاگتھ راز یوان بڑوٚٹھہ کُن)

راز :- آس ! وُچھو کُس چھُس ؟ راز دِکرم ؛ مشہور راز ! مےٚ چھو ناپژزناوان۔

سدارنگ : (حاران گژھتھ) راز دِکرم۔

ادارنگ : سون راز دِکرم !

دوشوٚے : (پیرن پیوان) توٚہہِ مہراج اَسِہ سون بجے کار۔

راز :- تُہی روزِدا تہُ کم چھِو ؟

ادارنگ :- اَسی نہرا (ڈول دایان) تکہ دِن دِن دِن۔

سدارنگ :- مہاراج ! لیلایہِ گرِی ناٹکہ کرن والی۔

ادارنگ :- مہراج ! ڈُلِو کیا آگیا چھِوے۔

سدارنگ :- اَسی کیہ سیوا ہیکو کریتھ ؟

راز :- میئون ڈوٹھ نوکر سنجے واس گنڈر یو۔

ادارنگ :- تراہہِ تراہہِ !!

راز :- مےٚ چھُ تَس ہتھ کولہِ بٹھِس پیٹھ داہ دِیُن۔

ادارنگ :- داہ !! مہاراج ! اَسہِ ما گژھہ پتاہ !

سدارنگ :- اَسی مہاراج چھینہ کاونج۔

ادارنگ :- اَسہِ مہاراج چھُ راز داتہ واتُن۔

راز :- توٚہہِ چھُ راز دِکرم حکم دِوان۔ سُہ چھینہ کینہہ تہ بوزُن پژھان۔

ادارنگ :- مہاراج سُند حکم۔

سدارنگ :- راز دِکرم سُند حکم ! تہ ما وضہِ ؟

راز :- (پننہ اڈنگجہ ہاوِتھ) اکھ سونہ سنٛز داج !

اَدارنگ :- ٹیکو۔ مہاراج ! اُسی سادو توہہ۔

(ترینشوے زنتہ گُل لگجو تہٕ پننہ ڈنٛٹرو مُنٛزی لیکان تہٕ سیلجس

اور پور چکر دِوان)۔

راز :- ٹیکو مِٔے سٹتی۔

سدارنگ :- مہاراج ! گستاخی ماف۔ تُہی کیا زیتھ وُلِس منٛز پننہ نوکرو

چاکرو رُو ستے۔

راز :- توہہ چھا خبر ؟ راز کرم چھُ وُری لِیس منٛز کینٛہہ رتھ جنگلَن منٛز

گُذاران۔ اَڈ کینٛہہ دوہ گام ییتھ جنگلس منٛز تہٕ میون راز۔ آں۔ آں۔

سدارنگ :- کُس مہاراج ! تُہنٛد راز !

راز :- میون نوکر سنگھ داس گو مرِتھ۔ ہنگہ منگہ۔

اَدارنگ :- ہنگہ منگہ۔

سدارنگ :- ترا اہہ ترا اہہ۔

راز :- ژکِہ اوس سُہ بڈ رحمدل تہٕ دیا وان۔ وُہی ! اکھ طوطہ جوڑی اُس

کُس پیٹھ دولسنٛس آمٕژ۔ اُسی دوشوے راز۔ . . . . تہٕ بہٕ . . . . .

اَدارنگ : تُہی کیا مہاراج وَنان ، راز تہٕ تُہی ؟

راز :- یانے بہٕ راز وکرم تہٕ سنگھ داس اُسی پتھ تھلِہ تھلِہ وُچھان تہٕ اَتھی مُنٛزی

آو اکِس طوطس کس تام شکاریُک شُنٛد تیر تہٕ سُہ آو لاینہٕ۔ دوٚیم طوطہ

گَو وہ داسی۔ نمٕ دِتی نالہ تہٕ رازس گو صدمہ۔

سدارنگ :۔ ہے ! کیا مہاراج چھوِ وَنان؟

راز :۔ مے کیا وَون؟

آدارنگ :۔ زِ رازس گو صدمہ۔

راز :۔ اوہ! اوہ !! (دکُس تھُپہ کرتھ)۔ نہ۔ نہ۔ سنجے داسس گو صدمہ
تہٕ تمۍ ترٲوۍ پران۔

ادارنگ تہٕ سدارنگ :۔ ترٲوہن! ترٲوہن!!

راز :۔ تمن پیٹھ چھم سخت پھیران۔ کنتہ تہٕ چھم کھور گژھان۔ کمبر تہٕ؟

آدارنگ :۔ مہاراج! توہہ آسہٕ ہے یہ سیٹھا لُٹہٕ لُکر۔

راز :۔ سیٹھا لُٹہٕ! اتھ زِ راز اوسس نہ مے ورآے کانسہٕ ہشر اکھ کھیوان
چھوان۔

سدارنگ :۔ مہاراج! یہ کیا چھوِ وَنان! تُہی چھونا راز وِکرم؟

راز :۔ آ۔ آ۔ بہٕ چھس راز وِکرم! مہاراج وِکرم!!

آدارنگ :۔ تیلہٕ کیاز چھوِ وَنان زِ راز اوس نہ توہہ ورآے کانسہٕ ہشر
اکھ کھیوان چھوان۔

راز :۔ ہے افسوس! بہٕ چھس غُمس منز اور یور بکان۔ راز اوس نہٕ ٹیٹھۍ کینہٕ
آن۔ ہاں۔ بہٕ اوسس نہٕ ٹیٹھۍ کینہٕ سنجے داسس ورآے کانسہٕ ہنٛدٕ اکھ
کھیوان چوان۔ سنجے داس اوس یکہٕ وِشواس پاتر۔ پرتھ ساتہٕ مے
سینی سیتی۔

آدارنگ :۔ (تھکان) مہاراج! ژُنہٕ کوتاہ چھ پکُن؟

اَدارنگ :- مہاراج ! اَسِہ ماژول اَنِتہٕ وَقتَس کیٚنہہ ٹیپرٕنہٕ موکھٕ مَنٛز۔

سَدارنگ :- مہاراج ! اَسِہ ما اَس کانٛہہ پٔرھاہ ؟

راز :- پٔرھا ؟ آ۔ آ۔ اَسِہ اَس پٔرھا !

اَدارنگ تہٕ سَدارنگ :- مہاراج ! کیا ؟

راز :- راز بَنہٕ ژھ۔

اَدارنگ تہٕ سَدارنگ : کیا ؟

راز :- راز بَنہٕ ژھ ـ آ۔ یہ اوس پٔرھان راز بَنُن۔ (پانَس سٟتی) راز بٕ کرٕم بَنُن۔

اَدارنگ :- بیٚوت گستاخ !

سَدارنگ : بیٚوت حُب تہٕ جُرئت۔

راز : ڈوبہٕ تِہی کرٕو نَدنَو۔ نٕمون کولہٕ بُٹھس تام۔ تِمی ہنا وُوس ژٕبنا تہٕ نِمون زاوٲلیو۔

(اَدارنگ تہٕ سَدارنگ لاشہٕ کَلَس تہٕ کھو رٕوتل تُلان تہٕ راز گرِس تَل شُو ہیتھ ساری سٹیجس چَکر دِوان)۔

اَدارنگ : مہاراج ! تلیفون ؟

سَدارنگ : تلیفون ! ادم دیا !

اَدارنگ : یہ شو مہاراج چھُ سٹھا گوب۔

سَدارنگ :- یہ مہاراج چھُ دُشُن

(طوطہٕ سٕنز بولی گژھان)

راز :- دُشُن ! یہ چھا دُنہٕ دُشُن۔ نہٕ یہ آسہٕ شٹھٕ تیوٗ مُت !۔

اَدارنگ : ( اَسمانس کُن وُچھِتھ ) اَما یہِ طوطہٕ کِتھ روٗدُن۔ یہِ چھُ اَسہِ پتہِ پتہٕ وُپھان یوان۔

سَدارنگ :۔ یہِ ما چھُ باور گوٗمُت۔

(ساری تِژھہِ حرکٕژ کران زُنتہٕ چھکھ دِگن یوان)

اَدارنگ :۔ مہاراج ! یہِ کوتاہ بدچھُ۔ یہِ زَن چھُ توٚہہِ دِگہٕ یوان۔

سَدارنگ ! یہِ مہاراج چھُ طوطہٕ جوٗرٕ۔ دوٚیوٚ مُنشٕر اَکھ توٚہہِ دِگہٕ لیان۔

راژٕ :۔ ہا۔ ہاں۔ ہاں۔ اُف۔ تھاوِو یہِ شُوٗ یِیتہٕ نس۔

(شوٗشوان ہیوٗر کھوٗر سیٹیجس کُن یِتھ) گژھِ موٗا یِدِ ووٚنی یٖیمہٕ جنگلہٕ
مُنشٕر ہوٚ چھُ ہیٚچہٕ ژھاریتھ یہِ زالون۔

اَدارنگ :۔ مہاراج ! یژھ آگیا آسہِ۔

سَدارنگ : مہاراج ! یہِ طوطہٕ چھُ توٚہہِ دِگہٕ لیان۔ ژٕ اگر اُسی گردس ہش
ہش کران لار۔

راژٕ : ہَ ہٕ کِدِٹن پلنے۔ راژٕ دِکرم چھُ جاناوارن تام اِلتفاتہٕ کران۔ گژھِ
اَتھ ہیٚچہٕ سوٚسبرادِتھ۔

(گاشس سٕتھان۔ راژٕ نیران۔ ادارنگ تہٕ سَدارنگ ساری سے
سٹیجس پھیران پتہٕ دِنگو مشری زُن ہیٚچہٕ ہیٚنے ہیٚنے اژان زُنتہٕ
تھکو متی)

اَدارنگ : سَدارنگ ! کیا ساٗ ژیوٗ نتھ کیتھہٕ ؟

سَدارنگ :۔ کیاہ سَنا ؟

اَدارنگ :۔ یہِ راژٕ کرِتھ کِتھ اوس کران ؟

سدارنگ :۔ اڈرکہٕ پۄری۔ گرا میٛون راژٕ تہٕ گرا میٛون نوکر بیٚنے داس۔

ادارنگ :۔ اُمس چھاپٕژی کیٚنہٕ ھندمہٕ؟

سدارنگ :۔ نوکرٕ [illegible] ؟

ادارنگ :۔ وُچھو کیاہ ونلمہٕ۔ راژس بنٕن خبر گیتی نوکرٕ۔ اَکِس موٗلکی نوکرٕ ہندِس

مُرلس پیٚٹھ پھیرٕ یاتس یۄت۔

سدارنگ :۔ ٹوٹھ گو ٹوٹھے۔

ادارنگ :۔ میٛنے چھُہ شک ہیٛو گژھان۔

سدارنگ : کیٛاہ ؟

ادارنگ :۔ یہ چھا پٕژی پاٹھو راژٕ وِکرم۔

سدارنگ :۔ چھُنا ؟ یہ نٕتہٕ اَدٕ کُس۔ وارٕ تہٕ کارٕ راژٕ وِکرم۔ گمر۔

ادارنگ :۔ کیٛاہ ۔ مگر کیا ؟

سدارنگ :۔ کٔنہٕ کران وُچاپٕرٕ تہٕ کاڈٕپٕ ڈوٚلمُت ؟

ادارنگ :۔ اَدٕ ساٗ تہٕ تُل ہچہٕ تٔشٕرل۔ اَسہِ کیٛا ؟ راژٕ آسی تٕن کاڈٕپو ڈوٚلمُت

اَسہِ کیٛاہ گرٕ ؟ پکہ نٕ کوٗلہِ ہُٹھس تام۔

سدارنگ :۔ (ہچہٕ تلان) پکہ پکہ ـــ ولے بٔیتہٕ کرمو کلو دوٚنی۔

ادارنگ :۔ داہ پیٚتہٕ !

سدارنگ :۔ داہ پیٚتہٕ تہٕ پیٚتہٕ ؟

ادارنگ :۔ پیٚتہٕ گژھو نگرٕ کُن۔ یۄت جلد ہیکو گژھتہٕ تیٛوت جل۔

سدارنگ :۔ پکہ تیٛلہِ جل۔ کراوم دیا (بور تُلان)

اوارنگ :- ہی دیا۔

(نیہران۔ گاسش سعہ نان)

اکیتھ تیپہ ریٹشی۔ داسس۔ سپاہ۔ ژوژر۔ موسیقار۔ ذکر۔ پاچھدر، باپاری۔ داسی بہ بیتر مختلف پوشاکھ لاگتھ اژان کوریہ کس رڈپس منز۔ گیوتہٕ پتہٕ ساری سیٹجس کیپرتھ ہیور سیٹجس کھسان تہٕ تمہٕ ساریے کامہٕ انجام دوانہٕ یمہٕ پژتھ منظرس ستی والبتہٕ چھے۔)

کورس :-

ایشر سونان چھکھ ژاری ژاری — لگہٕ نایک گوژ گاری یے

بیہٕ چھکھ کرتل زیو دو لگاری — یم کتھی ساٗ دلو ہاری یے

نیشران اتھہٕ بیلہٕ لگہٕ سرداری — آسہٕ رتلین لاچاری یے

پزرس بڑین تھاون ناری — یم کتھی ساٗ دلو ہاری یے

کرتوتن ماچھکھ پرژہ گاری — تھز چھکھ ناماداری یے

اسان تہیکو یم ادھیکاری — یم کتھی ساٗ دلو ہاری یے

پزاران آسن اتھہٕ داری داری — آشاوان لکھ ساری یے

اتھہٕ چھینی لوسان چھی پزاری پزاری — یم کتھی ساٗ دلو ہاری یے

اتنہٕ بلا، تت سرو آدکاری — راجنیت چھاو ژوپاری یے

یی گیہٕ دقنیچ ساد مکاری — یم کتھی ساٗ دلو ہاری یے

دیتہٕ اکہٕ اکہٕ ونان)

۱۔ کھرشٹاچاری

۲۔ وہمی چاری
۳۔ دُر آژاٹونی
۴۔ کوہ گرمن لاڑی
۵۔ کہ وشہ ارّی

(کورس کھسان ہیور سٹیجس۔ موسیقار رٹان بنی جاے
ژونز ٹلان واوجہ بیترِ تہٕ روزان اُکس تختس ڈپاسے، بیٹھہ
زٕ داسی یہ روزان زٕنتہٕ ڈیڈکروان بنتھ۔ بلےٚ روزان کورسس
سیٹھی ستھ کرِتھ لکن کُن۔ موسیقار دایان تال یتھ پیٹھ داناوزیر
پژویشس کرِ)

داناوزیر:۔ اے داسی! راج ماتا یہ کرُو شینچھ۔ بٔہ چھس تہنٛدِ درشن کرنہٕ آمُت۔
(اکھ داسی پوٚت پھیرِتھ بیٚنس ونگہِ کُن گژھان۔ تہٕ
پتہٕ اکِھ وتہٕ واپس پھیران۔)

داسی:۔ مہارا! راز ماتا چھےٚ پورِ پکان۔
(موسیقار دِوان تال تہٕ مہارانی کران دوٚیمہِ طرفہٕ پژولیش)

داناوزیر:۔ راز ماتا! نمسکار۔ پادِ پرنام
مہارانی:۔ نمسکار (تختس پیٹھ بہان) وٕنِو شہٕ کتھہٕ کنٛ چھوسِ مہیا سمیس آمتہٕ۔
داناوزیر:۔ ماتا! وٕنی وٕنی واتِ شینچھ زٕ مہاراج وِکرم چھ دُنہٕ پیٹھ واپس پکان۔
مہارانی:۔ (خوش گژھتھ) اچھا! تم چھا ٹھیک پاٹھی۔
داناوزیر:۔ ماتا! شینچھ چھےٚ زِ تم چھ بلکل ٹھیک۔

مہارانی :- پرمیشور شُند اَتھ گژھیہ ۔

دانا وزیر :- مگر ۔

مہارانی :- مگر کیا ؟

دانا وزیر :- خبر چھے زِ تمن سلنتہ روزن وول نوکر سنجے داس چھ ... سو رگواس گونمت ۔

مہارانی :- ہاں ! ہے ہے ...... سنجے داسس کیا سپُد ، شہ ہے وارِ تہ کارِ

اوس ، اوّر تہ دوّر !

دانا وزیر :- تمس کیا سپُد ، تہ ماتا نَنہِ دوہِ تی پانہ راژس نِش اما پوز .....

مہارانی :- اما پوز ...... کیا ؟ بیِہ کانْہہ کتھ چھا ؟

دانا وزیر :- ماتا یوّدوے آگیا آسہم تہ وَنہ ؟

مہارانی :- وَن ؟ وَنان کونہ چھکھ ؟ شبُہ چھا ؟

دانا وزیر :- شبُہ چھُ ماتا ۔

مہارانی :- نیلہِ کیازِ چھک وَسواسس بران

دانا وزیر :- ماتا ۔ وَسواسیچ تہ چھنہ کانْہہ کتھ مگر .........

مہارانی :- دلیل کیاہ چھے ۔

دانا وزیر :- یہ ماتا چھُنہ پتاہ زِ راژن کیازِ بدلوو پنُن اِرادِ ۔

مہارانی :- کُس اِرادِ ؟

دانا وزیر :- تمہ آسہ شہن رتن پتھ تیہ وَن دِژا متی ۔ تہ اَکی رٹیتی کیازِ

کورکھ دالیس راز داز پنُنک اِرادِ ۔

مہارانی :- دانا وزیر ! اَتھ مشر کیاہ چھُ ۔ گرِ چھکھ ، راجپاٹھ چھکھ ۔ پرژا چھکھ ۔

سوڑے چھ نہٕنٛد۔ گوکہ منشا تہٕ ین وانٛس۔

دانا وزیر:۔ بے شک اسوڑے چھ تہٕنٛدٕے۔ اما پۄز مےٚ چھےٚ مٕنٛس منٛز شنٛکاہش ووتلان۔

مہارانی:۔ کیا سنا؟

دانا وزیر:۔ راز گرٕ نہٕ پننٕ ارادٕ بدلاون وول۔ بیٚیہ پھشراون تہٕ تم منٛگتہٕ مٕنٛگہٕ مریاوا۔

مہارانی:۔ (شکس منٛز پیوان)۔ کُس ارادٕ؟ کوٚسہ مریاوا؟

دانا وزیر:۔ ارادٕ زٕ شین رٕتٕن پیٹھ دٕراپہ تم تیٚہ وٕن تہٕ ونٛکیس منٛز شیٚبے رٕچھہٕ تیٚہ دُلس منٛز گنٛدارٕ چھےٚ تہٕنٛدٕ رازٕ کوٚہ لج مری یاوا۔ نہٕ یہٕ مریاوا پھشراون نیٚرٕم۔

مہارانی:۔ تہٕ ژےٚ کیاہ شنٛکا چھےٚ۔ کانٛہہ دُشمن کرِیا حملہٕ؟

دانا وزیر:۔ نہٕ۔

مہارانی:۔ کانٛسہٕ وزیرس بدلے یا نیٚتھ۔

دانا وزیر:۔ نہٕ۔

مہارانی:۔ کانٛہہ سازِش۔ رازس برخلاف۔ راز کولس برخلاف۔ ورنس خلاف

دانا وزیر:۔ نہٕ۔ نہٕ۔

مہارانی:۔ تیٚلہٕ کوٚسہ کتھ چھےٚ؟

دانا وزیر:۔ مےٚ۔ مےٚ۔ ماتا چھنہٕ وَنُن لگان۔

مہارانی:۔ وَن؟ بے خوف پاٹھی وَن۔ مےٚ چھےٚ ژےٚ پیٹھ پژھ۔ رازس چھ

چانہٕ وفاداری ہنٛدٕ ناز۔

دانا وزیر :- راماہ بدلتھ گولہٕ مُریاد اکھ چھُٹرتھ رٲنتی واپس یِن۔

مہارانی :- دلیشہٕ کلیاںہٕ منٛز یا گوہ لکہٕ پٔرتہٕ پٔرزنایہ ہنٛدٕ یا پرجا چھی مہ کیوہ چھ یوان اراد بدلاونہ تہٕ مُریاد اکھ چھُٹراونہٕ۔

دانا وزیر :- مگر مےٚ چھیہٕ باوتھ لگان کرٕنۍ۔ چھنہٕ شنکا یہ ہُنز۔

مہارانی :- کیازٕ ؟ سنکوچ کیازٕ۔ کُنہٕ کتھ چھیہٕ باوٕنۍ لایق۔

دانا وزیر :- ماتا۔ یِمَو راز دکرم پگاہ یور ہییہٕ تہٕ آسیا مےٚ تہٕ تِمِکٕ راز دکرم
یِس عبرتٕ تیہٕ ؤن ورانُو۔

مہارانی :- (دودہٕ مٹھ کرتھ) ہے ! ژٕ کیا وَنان۔ تم چھا ٹھیک پاٹھی۔ ژٕ کیازٕ
مےٚ وَنِس سنٛز تراوان۔

دانا وزیر :- تم چھہ بالکل ٹھیک مگر تہٕ آسیا تےٚ راز دکرم۔ نیتھہ لیکھنہٕ۔ دھرماتما۔
کرمہ دان۔ پرزایہ لوٹھ۔ راز دکرم کیٛہ بدلیوٗمُت زرہ بتھر

مہارانی :- (وسواسہ سان) تہٕ نتہٕ ادٕ کُس۔ ژٕ کیاہ وَنان مہ دانا وزیر۔

دانا وزیر :- ماتا مےٚ وَنیو گہ ڈے زٕ مےٚ تگہٕ نہٕ وَنُن۔

مہارانی :- ژٕ کرنہٕ صاف صاف وَنان۔

دانا وزیر :- مےٚ چھُ وُہمہ سنیوٗمُت۔

مہارانی :- دانا وزیر ! کُس وُہمہ تِمِکہٕ ہنیوٗمُت۔ راز دکرس کُس اکھ ہینکہٕ نہٕ زانتھ تہٕ پرنٛہ ناوتھ۔ ژٕ ۔ ہا ۔ دوٛیم وزیر سلیناتی سبنا۔ مگر واسی۔ کُس اکھ زانہٕ نہٕ تمن۔

دانا وزیر :- ماتا میثون وہمہ۔ میثون برم ۔ میٲنی شنکا چھےٚ سیٹھاہ مُشکل باونی۔

مہارانی :- گرٕ ٹھ وسواس ہہ ہیٚیے ۔ کرِو راز دِکرمس باشان سواگت کرنٕچ تیاری۔

دانا وزیر :- ماتا ضرور کرو۔ مگر اکھ وٕنتی چھم کرٕنی۔

مہارانی :- وٕنِو۔

دانا وزیر :- ماتا ! تُہی ہاوِو نہٕ توٚتام رازس پان یوٚتام نہٕ بہٕ توہہ مشورٕ دمہ۔

مہارانی :- وشرار تہٕ سان) کیا مےٚ چھا وونی چانہٕ حکمہٕ پتہٕ تمن سمکھن۔

دانا وزیر :- کھیما کرِو ماتا ! اَکھ مُنز چھُ رازٕ کولکُ تہٕ کولہٕ مریادا ہیہ ہُنٛد

پرٛزرٕ نہٕ بجرٕ۔

مہارانی :- بہٕ زانہٕ سارےٚ راز مریادایہ۔ ژٕ چھکھ خالص وزیر۔ ژٕ چھکھ

پلنتی خٹی یتھ مُشرتھ مےٚ حُکم دِوان۔ مےٚ چھا پننس سأمیس چون

اجازتھ پرٛأزتھ سمکھن۔

دانا وزیر :- ماتا ! بہٕ کتہٕ کرٕ تتھ حماقتھ ! مےٚ کرُ صرف اَکھ وٕنتی تہٕ کیا زٕ بہ

ہیکہٕ نہٕ توہہ نِش پنُن وہمہ صاف پأٹھی باوِتھ۔ نہٕ کینگوان کرٕنی

میثون وہمہ، میٲنی شنکا اُمن اپٕز۔

مہارانی :- ٹھیک چھُ۔ ژٕ سمکھِ زِ مےٚ یگاہ سمٛدِیا تمیس۔ چانہٕ مشورٕ

پتہٕ ہاوٕ بہٕ رازس پان ۔ تیٚیے بنہٕ دِلہٕ ڈر۔

دانا وزیر :- دِیو ماتا اجازتھ ؟ راز دِکرمس تہٕ رانہٕ ماتایہ اُمن جہ کار

دِنیران۔ رانہٕ ماتا تہٕ نیران۔ ژٕ نبر نغماوان واو بہٕ بیثتر ینہٕ جایہ۔

کورس بییہٕ توٚن سٹیجس پیٹھ زلان۔ موسیقی تہٕ نال روزان چلہٕ ونی)

(کورس)

زیٹھ :- تیاگتھ راج تاج دِتُن دِیدٕ این یَتھ پان چھیپہ۔
باقی :- تمی راز ہری ژندرازن۔
زیٹھ :- کُن پوتر تہٕ بھاریا کرِتھ منز بازرن نیلام۔
باقی :- تمی راز ہری ژندرازن۔
زیٹھ :- سوٗپنس منز بخشن راج تاج تہٕ تخت وِشوامترس۔
باقی :- تمی راز ہری ژندرازن۔
زیٹھ :- ییمی پزرس پتھ کوٚر پان جان تہٕ کوٚمب فِدا۔
باقی :- تمی راز ہری ژندرازن۔
زیٹھ :- تہٕ بنیوٚ پزرٕچ اکھ مثال۔ لازوال مثال۔
باقی :- ستیہ وادی راز ہری ژندر۔
پزری پور راز ہری ژندراز
زیٹھ :- یتھ سمسارس منز ییتھ تِج دوہے پتو تہٕ گاٹلیو خارِی۔ ناداری۔
دوکھ تہٕ سنکٹ۔ مگر
باقی : روٗچھکھ دوہے۔ پزر تہٕ انصاف۔
ساری :- پزر تہٕ انصاف۔ پزر تہٕ انصاف۔ پزر تہٕ انصاف۔
(کورس واپس ہیوٚر ییچھ گژھان۔ وزیرا مال آسان پلنگس
پیٹھ بہتھ تہٕ دانا وزیر گران اد پور۔ وزیرا مال ون تھان
مایہ ہتر تہٕ یوان دانا وزیرس نش)۔

وزیرِ امال :- کیاہ ہیو سونچان۔

(ژھوپہ)

دوہیو کمن غوطن چھو گتو۔

دانا وزیر :- گژھہ کر آرام! یہ سَن یَیہ آوژیر۔

وزیرِ امال :- کیتھ کنی آرام! تہ ہیہ چھہ کو ستام فکر۔ غم۔

دانا وزیر :- نہ فکرہ ام۔ بلکہ شنکا۔ شک۔ اوے چھم من ژنژل۔

وزیرِ امال :- کنہ پیٹھ۔ دربارچ چھو کانہہ فکر۔

دانا وزیر :- نہ۔

وزیرِ امال :- تیلہ۔

دانا وزیر :- اکھ ہیہ راز یُس وَنہ پیٹھ رازدانہ والس۔

وزیرِ امال :- اد یہ کوسہ فکر۔ تہ یہ وَسہ شانہ پیٹھ بر۔

دانا وزیر :- تہ فکر چھم بر گژھہ نہ گوبن۔

وزیرِ امال :- کیازِ؟ نہ الس چھا کینہہ پھیونہ مُت۔

دانا وزیر :- نہ تیتھ چھہ کانی بژر گومت۔

وزیرِ امال :- اد۔ فساد۔ جنگ۔ تنازیا لڑائے چھا دوشمن واجینہ۔

دانا وزیر :- نہ۔ پرتھ طرفہ چھے شانتی۔

وزیرِ امال :- تیلہ کوس شنکا تہ فکر۔

دانا وزیر :- مے چھُنہ پانس فکرِ تران۔

وزیرِ امال :- یہ گیہ ہٹہ نیچ فکرِ۔ تراوِد۔ ڈلوکرِد آرام۔ نیبری نہ چھہ زدان نہ زانمن۔

(پلنگس کُن یوان بیہان)

دانا وُزیر:۔ آ۔ وَق آو ژیر مگر مےٚ چھےٚ نیٚہہ تہٕ نیٚنٛدٕر گژھٕہ۔

وزیرامال:۔ ترٛاوِد میانہِ کھوینہ مَشنٛر کَلہٕ۔

دانا وزیر:۔ شَرٛ ژٕ کَر آرام۔ بہٕ کَرٕ سوٗنٛچ۔ مےٚ چھُہ ژھٕ تہٕ بےٚ قرار۔

وزیرامال:۔ کَتھ پیٚٹھ؟

دانا وُزیر:۔ باسان چھُم میاٗنی وَفاداری ماکھسہِ کہوٚچر۔

وزیرامال:۔ تُہنٛدِ شُترَو چھا راژس نِش کانٛہہ شِکایتھ کٔرمٕژ۔

دانا وُزیر:۔ نہٕ۔

وزیرامال:۔ کانٛہہ اَتُر؟

دانا وزیر:۔ نَہ

وزیرامال:۔ کانٛہہ ژوٚہے یا سازِش؟

دانا وزیر:۔ بلکُل نہٕ

وزیرامال:۔ تیٚلہِ کَتھ پیٚٹھ تُہی، بلی پریشان۔ کارَن؟

دانا وزیر:۔ تَنہِ یاٗٹھی نَہ چھُم باوُن تگان نَہ زانُن۔ مگر شک چھُم لَگان۔ تہٕ یہِ شک چھُم ریٖتھہِ۔ ہنٛدِ یاٗٹھی اَندری تچھُن تُلان۔

وزیرامال:۔ مُشراٰوِو۔ وُلِو ترٛاٰوِد کَلہٕ۔ کَرِو آرام۔

دانا وزیر:۔ آ۔ ہا۔ اِل۔

(کوٗشِش کَران کَلہٕ پلنگس پیٚٹھ ترٛاوُنچ۔ طلبکَس پیٚٹھ وَدہلان تال)

دانا وُزیر:۔ (ستھوٗد گژھان وَنِتھ) نیٚشہٕ چھُہ یکُن گژھان۔

وزیرامال :- (نیرِ دانا وُزیرس نٲلی ترٛاوان)۔ ٹٲلی شک۔ ڈٕلوشونگو۔ وَق آد۔

دانا وُزیر :- نہ کانْہہ آسہِ نادس آمُت۔

وزیرامال :- نہ کانْہہ چھُنہٕ۔ وُنی کینْہہ کُس پیہ؟

دانا وزیر :- ٹھہر۔ بہٕ ژٕ تُرٕ رسے بر۔ نظر دِمہٕ۔

(دوہ نھان کورٕسس برد نْہہ کُن گرٛھان۔ کورٕس گرٛھان دون

حصن منٛز۔ منٛزٕس بٕنان جاے۔ زٕنتہٕ چھیٚنے برٕس سوٗنب جاے)

وزیرامال :- یہ آسہِ کانْہہ راچھ ساوُک۔ نٕتہٕ میٲنی کانْہہ ژوثرٕ۔

(برٕس پیٹھ پٕوان اَکھا نیر بیتر ہیتھ زٕنتہٕ ڈیڈی دان۔ دانا وزیر

اُمس کُن بُتھ تہٕ بتھر لوکُن تُن)

ڈیڈی دان :- ماہرا۔ کھیماکرو۔ بہٕ چھُس پہٕ سٕشیتھ بادشہٕ آمُت زٕ ڈیڈ تل چھ نٕ

تیٚپسی جوان تیہِ وَنہٕ پیٹھ آمتی۔ تم چھ تہٕ ہے سمکھن یِژھان وُنی۔

وزیرامال :- کُس چھُ؟

دانا وزیر :- یہ چھ ڈیڈی دان۔ ژٕ اَنٛمہٕ تم یزتہٕ سان تہٕ بٕنیہنا وُکھ بیٹھکہِ

منٛز۔ گمانٕش نھاوِک نٕ لٲیتھ۔

ڈیڈی دان :- اَگیا ماہرا آنٛز باکل

دانا وُزیر :- (دوٗت پھیرتھ) زٕ تیٚپسی جوان! تیہِ وَنہٕ پیٹھ آمتی۔ ضرورٕ

چھیٚنے کانْہہ رازٕچ کتھ۔

وزیرامال :- کیا دٔلیل۔ کم چھ۔

دانا وزیر :- کم تام تیٚپسی چھ سمکھن یِژھان۔

وزیرا مال :- وُنی کہن ۔ اَڈ راتَن ۔

دانا وُزیر :- آسہِ کیٚتھ مجبوٗری ۔

وزیرا مال :- (نراش) اوٗہہ ! اَتھ راژٕ کارس نمسکار ۔

(ژکھ سان، لرِ پھیرِتھ دِتھ شونگان ۔ تھُر تھُر کنہِ گژھُن)

(اکورسہٕ منٛز ژٕ ژٕنی اکھ برٛدٕ ہیتھ ییوان ۔ تم چھہِ پلنگس نٹھ رٹان ۔
بیٚتھیتھ ڈیٚڑ دان آیرٕ تیارٕ ۔ ادا رنگ تہٕ سدا رنگ پرٛوٚلیش کران)

ادا رنگ تہٕ سدا رنگ :- نمسکار ! سون اَسی تو ماہرا پادٕ پرٛنام ۔

دانا وُزیر :- پرٛنام ! تُہہِ کم چھیوٚ ؟

اَدا رنگ :- اَسی ماہرا !

سدا رنگ :- اَسی مہرا چھہٕ تپسی ۔

دانا وُزیر :- تُہہِ کیٛاہ گژھہِ ۔ کتہِ پیٹھٕ آو ۔

اَدا رنگ :- ماہرا ! تپسی کتہِ پیٹھٕ ین ۔

سدا رنگ :- اَسی آیہ وَنہٕ ۔

دانا وُزیر :- کیٛاہ گژھِ ہوٚ ؟

اَدا رنگ :- اَسی ماہرا چھہٕ منگنہٕ آمتی ۔ ٹلوکہٕ ۔

دانا وُزیر :- ٹلوکہِ کیٛاہ ؟

سدا رنگ :- وَنہٕ پیٹھٕ آمت وَننہٕ ۔

دانا وزیر :- دُلو کیٛاہ چھُو وَنُن ۔

اَدا رنگ :- ژٕے وَنُس ۔

سدارنگ:۔ نہ ژٕ ہے وُنُس۔

دانا وُزیر:۔ بےٚ خوف پاٹھو وَنِو۔ نِصف راتَن تھہنٛدِ ورٕ پِنک کارَن۔

ادارنگ:۔ اَسہِ ماہرا دِیتہ وُنُس مَنٛز اَکِس داسِس داہ۔

سدارنگ:۔ تَتھےٚ پیٹھ ماہرا چُھ گۆمُت پۄراہ۔

اَدارنگ:۔ مَنٛز مَنٛز ماہرا دۄہ تلیہ پہ شُنگاہ۔

سدارنگ:۔ تۄہہ نِش پۄنٛچ گرٕ سکھراہ۔

اَدارنگ:۔ پیٹھہ اوس گیاہ نام تہ بَدلوو رٔکھاہ۔

سدارنگ:۔ بنےٚ پہ تیٚپسی تہ ترٕ دوکھر کھاہ۔

اَدارنگ:۔ سنتوش تھاوُدو پُڈ پۄرٕ زمشوو گتھاہ۔

سدارنگ:۔ مَنٛز بِنہ ماہرا لِگو مِچھو کھاہ۔

دانا وزیر:۔ (شرارتہ سان) تۄہہ کم مَنٛجر چھو۔ تہ ہہ چھا خبر زٕ تُہہ کُس تروشیاہ گَتھو چھو۔ اَڈ راتَن آو تُہہ میٚانِس گرِس مَنٛز۔ صاف صاف وَنِو کیاہ چھو باوُن۔

اَدارنگ:۔ اے دانا وُزیر! اَسہِ کِنہ پرٕز ناوِتھ ژٕ ہے۔

سدارنگ:۔ وۄہ ژٕ کیاہ چھا چھُ نۆز وَنہ نُس۔

اَدارنگ:۔ اَسی نہ چھ کتھا یہ واڈگِنٛدن گرٕ ی۔ بہٕ اَدا رنگ تہ یہ۔

سدارنگ:۔ سدارنگ۔

دانا وزیر:۔ یہ تیٚپسی رٔکھ کیاہ زٕ چھو لوگمُت؟

اَدارنگ:۔ تۄہہ نِش داتہ مۄہ گچھہ۔

داناؤزیر :۔ کاژن ؟
سدارنگ :۔ اکھ راز زانُن۔
داناؤزیر :۔ کُس راز ؟
ادارنگ :۔ ژٕ وَنُس۔
سدارنگ :۔ نہ ژٕے وَنُس۔
داناؤزیر :۔ وَنان کونہٕ چھیٖو ؟
ادارنگ :۔ اَسہِ چھُ یژٕ ژھُن۔
داناؤزیر :۔ کیا ؟
سدارنگ :۔ رازٕ وِکرم چھا برابر کاڈٕ لہ کِنہٕ باورٕ گوٗمت ؟
داناؤزیر :۔ (غصہ) کیاہ ؟
ادارنگ :۔ ماہرا کھما کرُد۔ اُمس توٗگ نہٕ وَنُن۔
سدارنگ :۔ آ۔ ماہرا کھما کرُد۔ شاید توٗگ نہٕ وَنُن۔
ادارنگ :۔ دراصل چھیٖنے کِتھ زٕ رازَس اوسُس پَنُن ذکر سینے داس سہ رگاس گوٗمت تہٕ پتہٕ دیت اَسہِ تمِس داہہ۔ اماپوز۔
داناؤزیر :۔ کیاہ اماپوز۔
سدارنگ :۔ رازٕ اوس اولہٕ دولہٕ بولان۔
داناؤزیر :۔ (بامبران) کیاہ۔ کیاہ اوس وَنان۔ کیا اوس وَنان ؟
ادارنگ :۔ یٔہے باورٕ کِتھ ہشہٕ۔
داناؤزیر :۔ تمہ کِتھ کِنی توٚرٕ فکرٕ ؟

سُدارنگ:۔ سُہ اوس گرٛاوٕنان پانس میٛون راز تہٕ گرٛامیٛون نوکر سنٛجے داس۔

اَدارنگ:۔ اُسہِ گیہٕ اَوٕے شنٛکایہ زِ رازٕ ماچھ باوٕرٕ گومُت۔

سُدارنگ:۔ سنٛجے داس اوس تمن ٹوٗکہٕ نوکر۔

اَدارنگ:۔ تمۍ ہٕ شنٛدِ مرنٛگ، اوس تمن سیٹھا صدمہ۔

دانا وزیر:۔ سنٛجے داسُن شوٗکٕے زول۔

سُدارنگ تہٕ اَدارنگ:۔ ماہرا! اَسہِ تہٕ رازن۔

دانا وزیر:۔ مہاراج وِکرمن چھُہٕ اَزتام کانٛسہِ داہ دیتمُت۔

اَدارنگ:۔ ماہرا اَسہِ سود تمن۔

دانا وزیر:۔ تہٕ توہہِ آوٕ ماوضہ دِنہٕ۔

سُدارنگ:۔ آہن مارا۔ یہ داج۔

دانا وزیر:۔ رازٕ وِکرم سنٛدٕ سنٛدٕ پنٛنٕ سوٗہر۔ رازٕ موٗہر۔ یِوسہ پٕہ کانٛسہِ
تہٕ دِیہ۔ یہِ اَیا توہہِ ماوضہٕ زنٛگہ دِنہٕ۔ اَکسرٕ چھُہٕ۔ یہ داج دِیوٕ ٹوٗری۔
یہ چھپے رازٕ موٗہر۔

اَدارنگ:۔ یہ چھا راز موٗہر!

سُدارنگ:۔ ماہرا! زٕوٕ۔ نٕٹے دٕچھ کانٛسہِ ژٕدٕر یانٛژٕ رٕنٛ زٕرتہٕ۔

دانا وزیر:۔ دِیوٕ ٹوٗری۔ توہہِ یہ اَمہِ بدلہٕ بٔیہ کیٛہنہٕ بخش۔

سُدارنگ:۔ پٕرٕد ماہرا تہٕنٛزٕ بٕہا آسہِ۔

دانا وزیر:۔ سنٛجے داسنہٕ مرنٛگ کہوٕنہٕ ماجھوٗپتاہ۔

سُدارنگ:۔ اَسہِ پٕتہٕ رٕتہٕ رازٕ۔۔۔ تہٕ یہ دوٗن زٕ اَکس طوطہٕ۔۔۔ ہاوٕدٕ دُنہٕ

تیٖر نٕہ شہ ہُود۔

دانا وُزیر:۔ اَکِس طوطس آو شِکاری سُنٛد تیٖر تہٕ شہ ہُود۔ طوطہٕ۔ طوطہٕ۔

سدارنگ:۔ دوٗیمس طوطس گیہِ جورٕ جُبد آے یہِ تہٕ سینٛجے داسَن بہ داش گوٚر۔

آدارنگ:۔ تہٕ تَس گوٚ صدمہ تہٕ تِمی تہٕ آدٕ پران۔

دانا وُزیر:۔ ہُنہہ! سینٛجے داسس اوس نہٕ لوٗت اَدُل دِل۔ اَڈٕ کابُر۔ مالِہٕ چھُ

شک آدَر۔ طوطہٕ روٗپ۔

سدارنگ:۔ ماہرا آسِہ چھُو کینٛہہ ہُرٛژھان۔

دانا وُزیر:۔ نہٕ نہٕ۔ یہٕ گوٚس ذرا غوطُن۔ ژٕہتہٕ ہیوٚہ دیٖتُم۔ طوطہٕ!

آدارنگ:۔ آسِہ ماہرا چھا دوٚن شیرنٛگ اِجازتھ۔

دانا وُزیر:۔ ہرگز نہٕ۔ تُہیٚ دوٚشوٕے رُوزِد میٲنہٕ پَرٛژھی توٗتام، یوٗتام نہٕ تِہ

کانٛہہ کام پیہِ سانٛپنہٕ۔ ہے ڈیڈٕ وان۔

ڈیڈٕ وان:۔ آگنیا ماہرا۔

دانا وُزیر:۔ یِم دوٚشوٕے تہِ پی چھ میٲنہٕ پَرٛژھو۔ یِم گَرٛژھن نہٕ میٲنہٕ اِجازتہٕ

ورٲے یپیٖتہٕ نیٖبرٕ۔ یِمَن گژھِہ یژھ تہٕ سان خاطِر داری کرنٕی۔ (آدارنگ

تہٕ سُدارنگس کُن) تُہٕنٛد گَرٛژھہ نہٕ یِمَن رَکھ بدلاوُن۔ تُہنٛدِ

یورٕ ینٛک وجہ تہٕ گَرٛژھہ نہٕ کانٛسہِ نٕنُن۔

آدارنگ:۔ ییٚتھ ماہرا آسِہ حُکم آسِہ۔ نمسکار۔

سدارنگ:۔ نمسکار۔

دانا وُزیر:۔ نمسکار۔

پرٕد ہیتھ ژٕژٕ ووٚنی سٹیجس ژٕ چھکہٕ کران۔ دانا وٚزیر لٲگان
پلنگس کُن ژٕنتہٕ شونگنہٕ۔ دارٕ دارٕ لٲگش پیٹھ گاش سوتان )

اَدارنگ :۔ سَدارنگو !

سَدارنگ :۔ وَنو بابا اَدارنگو !!

اَدارنگ :۔ اُسی ما آیہٕ ہیٚنہٕ۔؟

سَدارنگ :۔ بٕڈ رٕنگس۔ یینہٕ چھا سأری ہُسرے میٚتی کِنہٕ کاشہ چھُ ہُشیار۔
کرتہٕ راژٕ گرٕ ناسنۍ آرام۔ ژٕکہٕ تلہٕ باتٕنڈی وان۔ بتہٕ کھیٚن چھُن دوٗر۔

اَدارنگ :۔ خبر کمنہٕ کارس لاگن۔

سَدارنگ :۔ پُشر دِلیس۔

اَدارنگ :۔ وٕنیوٗ نا یور یِمو نہ۔

سَدارنگ :۔ اَسہٕ تہٕ کیاہ۔ وُچھو کیاہ سپدِ۔ تامتھ اَنناوتہٕ راژٕ گروک
مَس گڈا نتہٕ چیتھ یُتھ صبحی نیٚندرٕ کھسِہٕ۔

اَدارنگ :۔ واہ ! واہ !! ہے داسو۔ نوکرو یُوٗزو۔
( کورسہٕ مَنزٕ نوکر یوان ڈولہٕ ڈولہٕ برٕ ژٕنہٕ کُن۔

سَدارنگ :۔ توٚہۍ چھُ دانا وٚزیرن حکم دیتمت۔

اَدارنگ :۔ اَسہٕ خاطر دأری آرٕژٕ۔
( کورس کران کلہٕ سیتی آنکار )

سَدارنگ :۔ اَدارنگس سَدارنگس۔

اَدارنگ :۔ مَس موٗدُر چاوِ ونا ؟

(داسس زنتہٕ تمن کھاسی ٹھوان بڑوتھہ کنہٕ تہ ہتہٕ گنڈ
مشر مس پھران)۔

سدارنگ:۔ (زنتہٕ مس ہیتھ) یتھ رازِ گرس سوٗن ٹہ جرس۔

اُدارنگ:۔ اُس موٗد راوِنا۔

سدارنگ:۔ (زنتہٕ لٔشس مشر) پرژھ پوزا بٹھ چھسے پوزا۔

اُدارنگ:۔ اسہ چھوہ آووُنا۔

دوشوے:۔ واہ! واہ!! واہ!!!

وارِ وارِ گاسشں سوتان تہ سورُے کورس بدلن سٹیجس
کن پوان گیوان تہ نژان موسیقار تہ تمن سیتی گیوان)

کورس

اُسی ہیٔے مبارکس آے  لاٗ لاٗ رازِ بایاسے
شادِ مبارکس آے  لاٗ لاٗ رازِ بایاسے
رازِ دیرم والپن ادے  زنتہٕ ماجہِ نژدے زدے
سواگتس ساری دژاٗیے  لاٗ لاٗ رازِ بایاسے
تیوبل ہیتھ والپن اوے  جولین برتے ڈاٗلیے
باگر باگر باگر ماٗیے  لاٗ لاٗ رازِ بایاسے
دنے بل ہیتھ والپن اوے  برنین وتھی تژاو تاریے
حاجتھ مندن کاسی نیٔے  لاٗ لاٗ رازِ بایاسے

(گونس تہٕ زٕنس سیتی گاش سوتان تہٕ پتہٕ دار وار بلیہ نیران۔ سوٗرے کورس تھر کرتھ لڑکن کن ہیوٗرٕ سٹیجس پیٹھ۔ اُڑی دوٕ دِنی تہٕ اُڑی بہتھ زٕنتہٕ اکھ جوٗلوٗسک انتظار کران۔ کورس تہٕ نب پنجہٕ (۷-۷) منزِ راز بنزِ یاترا اکہٕ ونگہٕ منزِ اَژان تہٕ بلیہ ونگہٕ منزِ نیران۔ وزیا مال۔ داسہٕ کچہٕ، ژوٗنز، اداٗرنگ، اسارنگ بینزِ تہٕ کورسس سیتی یاترایہٕ پوٗش چھکان۔ داناٗ وزیر رازس برٛونٹھہ برٛونٹھہ)

کورس:۔

| | |
|---|---|
| پٹزا پالک سرو آدھیکار! | رازس اُسن جے جے کار |
| رازس اُسن جے جے کار | رازس اُسن جے جے کار |

(ترٛی نلہ طبلہٕ ترنگ تہٕ کورسچ لیہٕ سیتی سیتی جے جے کار سوتان تہٕ یاترا ساڑے نیران۔ گاشس سوتان پتہٕ وار وار بلیہ لوان۔ مہاراٗنی آسان زٕنتہٕ آدِ قد اُنس برٛونٹھہ کنہٕ کینٛہہ ژوٗنز ڈیڈی وان بہتھ تہٕ اَمی وزِ اکھ داسی یوان)

داسی:۔ راج ماتا! راج ماتا، ساٗنی راز وکرم آیہٕ بازدانہٕ والپس۔

مہاراٗنی:۔ اچھا! تم چھا وارے، ٹھیک چھا؟ خوش چھیا؟

داسی:۔ بلکل ٹھیک! بلکل تیزِ وان تہٕ اسان۔

(داسی زٕنتہٕ تھزرٕ پیٹھ بوٚن کُن نظر دِوان)

مہارانی:۔ ژتم ژایا راژ سندور کِتھ دِنہ چھ . . . . . .

داسی بوٚن کن نظر دِوان)

داسی:۔ ژتم چھ لیٚری۔ ژنتہ ہرِ ڈیٚھہ کن پکان۔ تیز تیز قدم تراوان۔

مہارانی:۔ دسپھا خوش گژھتھ) آ۔۔ہ! سامی! توہہ چھیہ یاد زِ بہ آسہ پراران

پژرتھ ڈری ییہ سیٚلہ ژتم تیہ دِنہ پیٹھ چھو لیوان تم چھ گوڈ منیٚ نش لیوان۔

اوہ ـــــ میون کوتاہ لول چھ تمن۔ کوتاہ سٹریٚہہ۔

داسی:۔ راج ماتا! راج ماتا!!

مہارانی:۔ وَن۔ وَن داسی۔ ژہیٚ کیاز کوٚرتھ ژھوہ ییہ؟

داسی:۔ (وِنہ داسی) راج ماتا! راژ کھیپرک ژنگہ محل اَنتہ پرکر۔ بہ پیٹھ پوٚت

کھوری واپس۔

مہارانی:۔ (دوہ ٹھ گرتھ) ہاں! کیاز۔ (ژکھ سان) ٹھیک چھ دانا وزیرا

ژِ ما چھکھ کانہہ چال گِندان۔ کانہہ سازِش۔

داسی:۔ راج ماتا! یہ کیا چھو وَنان۔

مہارانی:۔ ٹھیک چھس وَنان۔ بہ گرتہ تسنز کِتھ پیٹھ پژھ۔ بہ کِتھ کنی زر

کوتاہ صبر کرہ۔ سامی ین منیٚ نِش تہ بہ روزِ تمن نِش دور۔

داسی:۔ راج ماتا! دانا وزیر اوس نہ تمن سیتی۔

مہارانی:۔ اَدِ کیازِ گیہ تم میانہ برِ پیٹھ واپس۔

داسی:۔ ژتم آیہ بڈ شوقہ سان برس نام۔ برس پیٹھ وانتھ ٹھیہرے ہِ۔

ہِنا کوٚرکھ سوچ۔ پتہ پھیرِک پوٚت تہ دراہ یہ۔

مہارانی :- سیتہ کس اوسکھ ؟

داسی :- تم اُسی آنگن برس پیٹھ گمُژ تہٕ کیٛول۔

مہارانی :- واپس کوٚت دژایہ۔

داسی :- شایدراژ دربارکُن۔

مہارانی :- داسی اژنے ژھینکھ راژ ؟

داسی :- پننہٕ نوٚ اپچھو سیتہ۔

مہارانی :- پرزناوٚ کھاو ؟

داسی :- راج ماتا اتھو کیاژ پچھو پرژھان۔ بہ پرزناوٚن تاکہ پاکھ سانی وُرکرم۔

مہارانی :- ٹھیک چھُ۔ داسی لو کرو سکھر۔ بہ تہ گژھ دربار ژوٚر پاٹھ۔ ہتہ کرہٕ ہنٛد درشُن ذاتی پننہٕ ونُتزی ہیٚکہ۔

دگاشس سوٚ تان۔ سورے کورس۔ مؤسیقارو سوائے ببون سٹیجس تہٕ ہیٚور سٹیجس پوان وہرادنہٕ۔ ناڑی ڈیڑی دان۔ چھتر داری۔ داوجہ داری تہ اڈی ڈریہ بینتر بنان۔ ساری راژس بجنے کارکران۔ بگاش وار وار پوان تہ راژ تہ داناوزیر اندر اژان۔ رژوتر اکھ پرد ہتھ بینہ ونکہ منتزی اژان تہ سٹیجس دون حصن منز تقیم کران۔ مہارانی اژان تہ پردس دوٚیمہ طرفہ بیہان چوکہ پیٹھ۔ راژ بیہان تختس برونٛہ کنہ چوکہ پیٹھ۔

راژہ :- دانا وزیرہ! اَسہِ آیہ تیٚہ دِنہٕ پیٹھہ والیَن۔ ووٚنی سمو اَسہِ
راجس کاجس۔

دانا وزیر :- مہاراج! اَتھہٕ بڑھا!

راژہ :- پوٚز گوٚو ژیٚنیٚ داسہٕ فِرنہٕ ووت اَسہٕ۔ اَسہٕ یَلہٕ نیٚ مٔنیٚ سیٹھا صدمہٕ۔

دانا وزیر :- مہاراج تَمہٕ اوس تہٕنٛد وفادار نوکر تہٕ یا پَرٛٹھ اوس۔

راژہ :- یہٕ چھُس شُکہٕ مُشرا وُن پَرٛمان۔ خار نیٚرا وِد یہ کَتھ۔ راج کاج چھا
ٹھیک پکان۔

دانا وزیر :- مہاراج۔ تُہی تھاوِو راج سِنگھاسنس پیٹھ تشریف بیٚتھ زَن
بُتھہٕ کرِہ راج کاچھک حال بیان۔

(راژہ چوکہٕ پیٹھ تھوٚو ووتھان تہٕ پَنہٕ سِنگھاسنس پیٹھ بیہان)

راژہ :- آ۔ ٹھیک چھہٕ۔ وُچھ اَسہِ گییہِ یانیٚ یہٕ گوٚس راژہ محل واتِتھ تیوٚت نیٚیش
زِ مٔنیٚ آو نہٕ یتہِ وٕژتیٚتھ زِ یہٕ بیٚوٚٹھس سنگھاسنس پیٹھ کِنہٕ یتھ
چوکہٕ پیٹھ بیٚتیٚتھ راژہ یاد چھ تھا وان۔

مہارانی :- داسی! تا جُب چھہٕ راژس مَنز چھا ییٚتر تبدیلی آمژ۔ دِمو گیاہ
کوٚر بیہ! یم کتیٚتھ بیٚٹھ! یاد چوکہٕ پیٹھ!!! داسی راژس ماچھ مُشر پھلار ووٚت

داسی :- نہٕ ماتا! گرٕ والیس پینہٕ چہ خوشی مَنز چھہٕ یم شایِد زِیادے
ووٚسنس آمتی۔

داناوٚزیر :- راز چھو تُہہ تہٕ تُہی چھو پادٕ چوکٕ پیٹھ پادٕ شھوان۔

راز :- آ۔ آ۔ بےٚ چھُس سٕھوان۔ وَن، رازٕ وِکرم ہٕنٛزٕ مشہوری چھا بجال۔

کانٛہہ بنےٚ انصاٗفی ماسیٚدان کُنہِ تہٕ طرفہٕ۔

داناوٚزیر :- راژن۔ تہٕنٛدِس رازٕ کالس منٛز ہیٚکہِ نہٕ اَنیاے سپدِتھ۔

مہارانی :- داسی! ساٗمی کو نہٕ نیاٗنی کانٛہہ کٕنہ کران۔

داسی :- فتوٗرٕ دوٗر کرَن۔ یمَن آسہِ تہٕنٛزے کلٕ سنتوش تھاوِد۔

داناوزیر :- مہاراج! یہ ترکش تہٕ تلوار دِیو لوٗری۔ نیایہِ کِس سنگھاسنس

پیٹھ بیہتھ چھُنہٕ یہ شوبان۔

رازٕ :- اچھا! ہو۔ ہو۔ اَسہِ گو مُشتھے یہ ژےٚ حوالہٕ کرُن۔ رُٹو یہ تلوار،

ترکش تہٕ کمان رُٹو۔

مہارانی :- ہئےٚ ہئےٚ۔ وِکرم گیاٗزِ یہ کران۔ داسی! یمن ما چھےٚ سنگھاسنس

پیٹھ بیہنٛچ رِیوایتھ مُشتھ گاٚمژ۔

داسی :- راج ماتا! تُہی مہٕ بامبرِو۔ یہ چھےٚ شاید تھکاوَٹ۔ آخر آیہِ یِم

رٔنٛتھ واپس۔

(دانا وزیر کران ژٕر تہٕ اکھ وزیر تھالہِ کیتھ رازٕ سٕنٛد

تاج ہیتھ اژان)

داناوزیر :- راژن! تہٕنٛزِ خاطرٕ حاضری منٛز چھُ تہُنٛد یہ تاج کراں راز۔

تِہٕ اَدٕ تیٚہ وَنہٕ پیٚٹھ تہٕ سیوٚدٕے آو دَربار ۔ تٔمۍ اوس گوڈٕ یہٕ
تاج دِژِن کٔلِس (یِکہٕ تھوٗد وُچھنہٕ تاج تُلان جَل جَل تہٕ دِوان
کٔلِس پَتہٕ بیٚیہان سیٹھا خوش گژھنہٕ تختَس پیٚٹھ) آ ۔ آ ۔ ڈٕلو ۔

دانا وزیر :۔ کیا ؟

راز :۔ کیٚنہہ تہٕ ۔

دانا وزیر :۔ اَز کیٚنہہ پیٚٹھ چھُٹرٕ اَدٕ تٔمۍ راز مُریادا ؟ کولہٕ مُریادا ؟

راز :۔ کوسہٕ مریادا ؟

دانا وزیر :۔ راز وِکرم چھُ وُنیس مَنٛز شیٚنۍ رٕتھ تیٚہ وُلنس مَنٛز گُذاران تہٕ
اَز کیٚنہہ آوُشہٕ یہٕ مُریادا چھُٹرِتھ رٔنیٚتی واپس ۔

راز :۔ راز وِکرم ! وِکر ۔ رَم ۔ مریادا ۔ مُریادا ۔ ہا ۔ ہا ۔ ہا ۔ اَسہٕ چھیوٚہ
سیٹھا (زٕنتہٕ وَنہٕ چھ کوشِش کران) راز وِکرمس چھیوٚر سیٹھا ۔ صَدمہٕ
یُتجے داسن دِژِن اَسہٕ چھیہ کھ ۔ اَسہٕ بَدلوو اِرادٕ ۔ راز وِکرمن بَدلوو
اِرادٕ تہٕ اَسی آیہٕ تیٚہ وَنہٕ پیٚٹھ واپس ۔ واپس ۔

مہارانی :۔ دائسی ! یِم کِژھ کتھہٕ ۔ رازس مَنٛز کیاز آیہٕ یِژھ تبدیلی ۔ مےٚ
چھُ پھوٚور وُتھی وِکتی گژھان ۔

داسی :۔ مانا ۔ تِہٕ چھیوٚ بٔلی دساس ہیوان ۔ راز چھُ ٹھیک پاٹھی ۔

مہارانی :۔ شیٚنیہ شیٚنیہ رٔنیتی گرٕ واپس یِنہٕ وِزِ آسی نہٕ یِتھی آسان ۔

داناؤزیر :- راژن ! مانو نامیؤن ۔ تھو کرِ وٕنِس کُن چکر ۔ تتہٕ چھ سَرَس منٛز رَتہٕ رَنٛگ پمپوش پھلِتھ ۔

راژ :- واہ ! واہ ! تِم چھا پھلِتھ ۔ تِم اوسہٕ شکہ بہٕ ژٕ ڈٕٹھ آنان ۔

داناؤزیر :- راژن ! تِم اوسن تہِند داس بنے داس ژٕمان ۔

راژ :- آ - آ - میانہٕ حکمہٕ ۔

داناؤزیر :- راژن ! توہہٕ چھ تِم سیٹھا ٹاٹھ ۔

مہارانی :- داسی ! یہ کیا ! سُے راژ ، سُے شریر ، تِمے اُچھ سُے پھولہٕ وُن ڈیکہٕ سُے انہار ، مگر کیتھہٕ بدلے ۔ یمن کوٕ نہٕ یاد زِ ازکُس ریتہٕ چھُ ۔ تِم کیتہٕ گیہٕ سَرَس منٛز پمپوش ۔

داسی :- راج ماتا ۔ یکو پیٹھ لش رنٛگہٕ نِکلس کُن ۔ توہہٕ چھُنہٕ زُد ٹھیک ۔ تھو چھوٹلی وہمہٕ ہیوان ۔ یکو آرام کرِو ۔

مہارانی :- داسی ! یکھ ۔ داناؤزیرن شکہ ہیوتُن میتہٕ گُنُن ۔

راژ :- داناؤزیر ! یکھ اُسی نیرو راژون کُن ۔ باغ چھاونہٕ ، سَرَس منٛز وُچھو پمپوش ۔

داناؤزیر :- یکو راژن ۔ یکو ۔

( راژ - داناؤزیر تہٕ باقے عملہٕ راژس پتہٕ پتہٕ نیران )

مہارانی :- بے گہٕ شکہ مُشتہٕ ۔ میانی ناکانہٕ کنفاہ !

دٲسی :۔ ماتا۔ ٹیکو۔ ٹیکو۔

اگاش سونہ ٹان تہٕ ساٹری نیران ۔ تِمہٕ پتہٕ پیٹھ گاش۔ راژہٕ تہٕ داناوزیر اکھ دنگہٕ اژان تہٕ بیٚیہٕ ونگہٕ نیران۔ کوٗرِسس بیٚیہٕ اژان تہٕ پننہٕ جایہٕ ژٹان ہیٚور سیٚٹھس۔ ژونٛژ تہٕ دٲسی یہٕ ژٕنگہٕ محلہٕ چیمہٕ کامہٕ کوچہ کران۔ مہارٲنی چھےٚ پلنگس پیٹھ بہتھ۔ اکھ ژونٛژ چھس کلس کیٚش دوان ـــ باقہٕ ڈیٚڑ وٲنی تہٕ وادجہٕ واو کران بیتر۔ گاش وادہٕ دارہٕ یوان)۔

دٲسی :۔ راج ماتا! داناوزیر چھ ژُھان تہٕ ہےٚرِ نشِ یِن۔

مہارٲنی :۔ اچھا۔ یِژ تہٕ سان اَنکھ لوٗری۔

داناوزیر :۔ راژہٕ وِکرم شُدھ پرٛاکرم پوٗرشن اَتہٕ وَند۔ دٲسی! تِہٕ ہیٚکو نیرِتھ۔

(دٲسی یہٕ تہٕ ژونٛژ نیران۔ کوٗرِس تھر کرِتھ لوکُن کُن)

مہارٲنی :۔ اے داناوزیر! وَن راژہٕ کتہٕ چھہ، کیتھی چھ؟

داناوزیر :۔ ماتا! راژ چھہ سیٹھا خوش تہٕ توشان۔ مگر یہ چھُس دھرمہ سنگٹس منز آمُت ہیٚنہٕ۔

مہارٲنی :۔ کارٕن؟

داناوزیر :۔ راژہٕ چھنہٕ سۓ راژہٕ وِکرم۔ اَدے چھم نہ مَن پژان زِ سُہ مانٛن

پنز پوٗرن راز۔

مہارانی:۔ ژٕ کیاہ ونان ؟

دانا وزیر:۔ ماتا! شُرین تہٕ اَنہار کینہہ راز وِکرم تہٕ ویتال، کتھ باتھ تہٕ
اَتوار وکینہہ وولائسی۔ اوپ۔ داسہٕ کژہ پہٕ کرن وول۔

مہارانی:۔ اے وزیر! چانی پرژھ چھیہٕ مےٚ فکرِ ترُان۔ مےٚ چھیٚ زن
وانُلیخ راوان۔

دانا وزیر:۔ ماتا! تُہی تھاوِو ہمت تہٕ سنتوش۔ مےٚ چھُ بنِیہِ کینہہ تہٕ
وَنُن۔ اما پوز وَنتھ چھُس نہٕ ہیکان۔

مہارانی:۔ ون کیاہ چھُے وَنُن۔

دانا وزیر:۔ ماتا! مےٚ وُنیوو رازس زِ پوشہٕ وارِکُن نیرُن تہٕ سرس منز
وِچھِن کُھلی متی پمپوش۔

مہارانی:۔ مےٚ چھیہ خبر۔ رازس رُکو نہٕ یاد زِ اَزکُس ریتہٕ چھُ۔ تمہ کتہٕ
گیہ اَزکل پمپوش۔ یہ اُسس پانہٕ نالی پنجرِ وکینہہ وُچھان۔ اَدٕے
چھیہ ژےٚ شکہ تہٕ شنکا گنان۔

دانا وزیر:۔ آ۔ ماتا۔ بنِیہ بیلہ پوشہٕ وارِ ہندِس سرس گَوٕ واتی۔ راز کماری
اُس شیران کران۔

مہارانی:۔ اَد!

دانا وزیر:۔ راژس رٗود نہٕ پانس تام۔ تم گیہٕ تس نکھ سرس کُن۔ تس
تہٕ تِسٕنزن وٕلسن لوٗگ تھٔلہِ تھٔلہِ وُچھنہٕ۔

مہارانی:۔ یہٕ کوسہٕ کتھ چھےٚ۔ موٗل وُچھنا پننہٕ کورِ۔۔۔۔۔

دانا وزیر:۔ مانا! وُچھنس نہٕ وُچھنس چھنا فرق آسان۔

مہارانی:۔ (زیٛادٕ تیزی سان) ژٕ۔۔۔ وٕنُن کیا چھکھ یژھان۔

دانا وزیر:۔ ماتا! ژٕ آسی اکس عاشق سٕندی پانٹھی سارِنٕے سندرن کُن
وُچھان تہٕ کٕلیشان۔ وُٹھ چیشان۔ اکہٕ موٗل کرِ وارِ بارِ اسہٕ جوان کورِ
کُن وُچھنس۔ بیٛیہٕ کتہٕ وُچھ شہ جوان کورِ ہٕنزٕ نٔنی نٔن۔

مہارانی:۔ (یکھان) پتہٕ۔

دانا وزیر:۔ پتہٕ ماتا۔ نی میٚے تم گولاب چمنس کُن یہ ڈیٛنز زورٕ نرِ گلوتھ۔

مہارانی:۔ ژٕ چھکھ پوز ونان۔ یم چھنہٕ دِکرم سٕندی اطوار۔ یم چھنہٕ تمی سٕندی اطوار۔

دانا وزیر:۔ ماتا! ہنا کتھا دِو منٔس منٛز شاٛنتی تہٕ بوزِو۔ یودوے میٚے کینہہ
خطا آسہٕ تہٕ تراوِو وزیری تہٕ نیرٕ جنگل مگر راژ دِکرم سٕند نِزِتھ تہٕ
مان تراوِ نہٕ پتھر۔

مہارانی:۔ پتہٕ۔

دانا وزیر:۔ راجکمارِ بیٛیلہِ سٔر منٛز گٔژھ سہ آیہٕ ہکہٕ راژس نِش۔ سہ چھےٚ
مُرچھ تمہٕ کرٕ۔ راژس نمسکار تہٕ سبھ کار۔ ہنٛز گٔی سہ کران اٚس۔ مگر۔

مہارانی: مگر کیا؟

دانا وزیر: راژن بوٚر نہٕ تَس ژول تیتھ کنۍ یتھ کنۍ ژٕ تَس بَرٕ ونہٕ بران اوس۔

مہارانی: یِتھ کیا تبدیلی۔

داناوزیر:۔ ماتا! ژٕ ہیوٚتُھ تَس مَنتس گنڈنہٕ۔ کَنَن گنڈنہٕ، شانَن گنڈنہٕ، تہٕ زَکھ

اَتھَن تہٕ اَتھ ونگَن گنڈنہٕ۔

مہارانی:۔ یِمَن سول ہیکہٕ نا پٔنُنِس شُرِس۔ ۔ ۔ ۔ ۔

داناوزیر:۔ اَکھ سول چھُنہٕ جوان کرِ رِسَیتی یٔژ نہٕ گنڈ باشہٕ گران۔

مہارانی:۔ دانا وزیر! ژٕ چھُکھ خبر ژٕ کیا چھُکھ وَنان۔

داناوزیر:۔ ماتا! بہٕ وچھم تی چھُس باوان۔

مہارانی: کیا؟

داناوزیر:۔ راژٕ سُنٛد پننہٕ کوٗرِ، راژکُمارٕ مالی ہِنٛدی پاٹھۍ نہٕ ٹھوکرِ عاشق

ہِنٛدی پاٹھۍ وُچھَن تہٕ کریشان روزَن۔

مہارانی:۔ وزیر! ژٕ چھُہ پَے کُر۔ دوٕ نِ کَرٕ ژٕ چھُہ پہٕ۔ اَکھ ماج ہیکہٕ نہٕ یہٕ ہرگز

بوزِتھ تہٕ وُچھِتھ۔

داناوزیر:۔ راژکُمارٕ ہِشرَن ویسَن ہیوٚتُھ کَنہٕ دوٗرَن، ہٹہٕ پھولین تہٕ وانگن

گنڈنہٕ۔ یتھ راژٕ ورکرم ہِنٛدِس ژٕ رہترس منز وُچھنہٕ چھُہ۔

مہارانی:۔ (جیرٕ سِتھ) اوہو! کوتاہ صبر کرٕ ژٕ وَن اَسہٕ کیا پَزٕ کرُن۔

دانا وزیر: ماما۔ یہ ہیکہ مشوٗرٕ دِتھ۔ مگر کرِو تُہی تہٕ ؟

مہارانی: دِلن پتھٕ لول تہٕ کول زِچھنہٕ باپتھ کرہٕ بہٕ زُو تام فِدا۔

دانا وُزیر: ماما! راز ین تہِ ہۄِشن تہٕ تِہ ہۄِیہ پزٕ تِمن لِش ۔ دۄد روزن۔
ہراسہٕ کرن۔ اَکس ستۍ فاقہ تہٕ ماس وُرنگ بہانہٕ کرن۔

مہارانی: اَگَنن تھمپِہ دِتھ، اد۔ کوتاہ مُشکل، کوتہ گَنٹھِن۔ میانہٕ دِیہ یہ
کُس امتحان چھُکھ کران۔ وُزیر چانہٕ پزٕتھ چھم ہُ فِکرِ تران۔ دانا وُزیرا!
دِنن منز چھنے اَلاپہ بَلاپہ روزان۔ رازس ما چھم تطرلُچ مرٕژھاے؟

دانا وُزیر: ماما تِہ ہیکہٕ اُستھ۔

مہارانی: ژِہیکہ ناکانہہ پایا وو پایا کرِتھ۔

دانا وُزیر: ژوٕے ماما چھُس اکہ رہتچ موہلتھ مَنگان۔ تُہی تہٕ کرِو سنتوش۔
دُچھو پزد نیزراوُد۔ سورُے اَنزراوُد۔ سورُے زنگ تہٕ پیڑدن گڈ
نۆن۔ تیلہِ ییلہِ تُہی کرِو سہاپتا۔

مہارانی: مُشکل! کوتاہ کرٕ ڈٹھ۔ کوہ سارٕ ستی آیہ۔

دانا وُزیر: رازٕ دِکرم ستنز مہارانی اَمچھکا دلہ یہ پیٹھ یہ کرڈھ تہٕ
مُشکل دبتر ادُن۔

مہارانی: ٹھیک چھُ! یہ بنہٕ دِلہٕ ڈر۔ یہ دِرہٕ پورٕ اکھ ماس۔ رازس تمِس
تہٕ روزِ دۄد۔ مگر یہ ڈوٗ تِہ کیا تبدیلی چھنے رازس منز درٕیتھ

یوان۔

دانا وزیر:۔ مےٚ نے کوٗر گوڈے عرض زِ راز سُنٛد اَنہار چھُ سےٚ مگر سنسکار چھِہ راز سِنٛدی۔ کَتہٕ پھیرِ چھِ۔ گاٹہٕ کم۔ وریشٹی بدل۔ ضرور چھُ تیہ وُلس مُنٛز کانٛہہ اَتر سپدمُت۔ یا کانٛہہ وِہی۔ لیُس نوٗن گرٛدھ نیرن۔

(داسی اَژان ہکہ اَنٛدر)

داسی:۔ راج ماتا! مہاراج وِکرم چھُ یُوری تشریف اَنان۔

مہارانی:۔ اچھا! تمن کرِو آدر تہٕ ستکار۔

(داسی نیوت پھیران تہٕ پتہٕ رازس اَنٛدر اَنان)

داسی:۔ رازِ وِکرمس آسن جے جے کار

(رازِ اَژان)

دانا وزیر:۔ رازس آسن سون نمسکار۔

مہارانی:۔ یادِ پیٚر نام۔

راز:۔ راج . . . . مہارانی (برونٛہہ کُن پتھ) مےٚ نے روز شیٚنے زِ تہِی کرِو نرِ آلوتھ سون یانے رازِ وِکرم سُنٛد شوٗاگت۔

مہارانی:۔ رازِ وِکرمس آسن جے جے کار۔ مہاراج۔ مےٚ چھُ اُزی کہ پیٹھ برٛہمن ہنٛدِ دَنیہ رازِ گرِگہ کلیاتہٕ موکھ پوٗرٕ اَکھ ماس ورت درنگ فاصلہ کوٚرمُت۔

راژ :۔ ماس دِرنک فاصلہ! کارن ؟

دانا وزیر :۔ راذن تھنڈی شرپہ سوکھ تہ صیحتہ موکھ چھ پمن پہ ماس
دِرن پیوان۔

راژ :۔ شریر موکھ! مگر اکھ ماس کیاز؟ اکھ دوہ یا رتس منز اکھ
دوہ اوس ناسبھاہ؟

مہارانی :۔ یہ چھ کولہ برہمن ہنز دوپ۔ تہ یہ پئیہ پالن۔

راژ :۔ ضرور۔ کولہ برہمن ہنز یتھا گژھ پور سپدن۔

(دھیوان نیرن)

مہارانی :۔ (پتہ پتہ) وِکرم! چانی تپہ وَنج یاترا گژھ روز۔

راژ :۔ تپہ وَنج یاترا۔ بڈ میٹھ۔ بلکل ٹھیک

مہارانی :۔ سینچے داسس کیاہ سپُد؟

راژ :۔ کیاہ سپدس۔ کیا سپدس۔ صدمہ گوس تہ گو سورگہ واس۔
راذن دِتس پانہ داہ مے دِتس داہ۔

مہارانی :۔ ننچور سینچے داسس۔

راژ :۔ کیاہ مے وَنو کینہہ؟

دانا وزیر :۔ نہ مہاراج۔ یموکور تسندس مرنس پیٹھ دوکھہ اظہار۔

مہارانی :۔ (برونہہ کن گژھتھ) وِکرم! ژے کیاہ ہے کھر تھرہش۔ رژہ ہے چھا؟

راز:۔ کتہٕ چھم تھرٕ تھرٕ۔ بہٕ کیا کھوژان چھس کانٛسہٕ۔

دانا وزیر:۔ مےٚ چھا اجازتھ نیرنگ ماتا۔

مہارانی:۔ وِکرم! اَژ کونہٕ ییتھ آسنس پیٹھ بیٖہان۔ وزیر تہٕ ہیٚکو نیرتھ۔ وَرت دِرہنٛج ساگری گژھن ساٚرے واتہٕنۍ لۄری۔

دانا وزیر:۔ ماتا! سوٗرے واتہٕ لۄری۔ نمسکار!

(رهیوان نیرُن)

راز:۔ ٹھہرو بتہٕ نیر تہٕ ہی ستو۔

مہارانی:۔ وِکرم! ییٚژ کیا جلدی۔

راز:۔ بیٚنہٕ ساتہٕ ییمہٕ۔

(راز تہٕ دانا وزیر نیران)

داسی:۔ رازس اَرِن ٹھدُن پلے۔

مہارانی:۔ ییٚژ تبدیلی کینہٕ آہنکار۔ وِکرم اوس تیہٕ وَنہٕ پیٹھ لِوان تہٕ ہکہٕ میثانس ییتھ رٕنگہٕ کٹھس منٛز لِوان۔ نرٕ آلوتھ مےٚ کومہ رٹان۔ اَسہٕ وَنہٕ ہو نچہٕ لول بران تہٕ آلو کران۔ "امبھکا، امبھکا" وَنۍ وَنۍ مایہٕ موٗجبتگ وَرشُن کران — تہٕ از — ازوون یمو مےٚ گوڈٕ — راج — تہٕ پتہٕ مہارانی۔ میانہٕ دِیہ پہ چھا وِکرم۔ میوٚن وِکرم کینہٕ بیٚنہٕ کانہہ۔ میانہٕ دِیہ وِکرمس ماچھم ژیتہٕ بھرم گومُت۔

اُمس ماچھم پڑون سوٗرے موٚکھٕمُت۔ داناڈٕز پرسُند وَنُن ما چھُ پوٚز۔ یہ ما وِکرم سندِس شرپرس منٛز بیٚیہ کانٛہہ۔ بیٚیہ کانٛہہ راکھشِس، جِن یا ڈٲن۔ واے۔ مےٚ کیاز ہیوٚتُن گیوٗرُین۔ گیوٗر یُن۔ داسی۔ دٲسی۔ مےٚ کر تقصیر۔

(مہارٲنی یِوان لاینہٕ دٲسی ہٕنٛز کھوٚنہٕ منٛز۔ وٚدیمیہ ژھوٚنٛزِ تمِس سَنبالان۔ گاشِش واہ واہ سوٚتان۔ پَتہٕ سوٚت سوٚت پھوان۔ کوٗرس بڑوٚنٛہہ سٹیجس پیٹھ شمان تہٕ گیوان)

## کوٗرس

سونہٕ سٕنٛز رِوٚسی گٹ، وَقتُک مار پیچ !

ژھلہٕ راوان تَنبلاوان سیٚدین تہٕ سادَن

کٲنٛسہٕ نہٕ اَنٛداز علیس تہٕ ہوٗشس

لوگہٕ دِرشٹی کُرمِژ لوٚگہٕ مایایہ موٚہ چھ منٛز بَنٛد

بِژَم بِژَم چوکَن دٕیتِمُت سارِنے بِژَم

کُس اَکھ چھُن تھوٚوُمُت دَرمہٕ کرمہٕ چہٕ وَتہٕ

ژھوپہٕ گیہٕ شمیَس ییٚلہٕ اَز ڈیٖلشان

اَدل بَدَل گرٕژھان رِژَن تہٕ رَسمَن

مولن لگان دراتی مری یادن لا !

بداخلاقی بنان ناماواری ہندتاج

مرژ پپنہ ہندی گتہ گران تم ساری

یم یژھان دِنی کھیپہ اقتدارس

سمیہ کس تھدِس بلس راجہ بلس

اَدے چھنے لجمژ ماںہ مان دِوہ دو

دنہ دولژ ہنز تنزلہ تہ منزلہ کھارلس آکاشس

بارن طوطن کاون راز ہوتزن

گومت گنے ہشر تہ زاگہ ہہت گژد

کالہ گژد جونٹہ دِتھ پُتھ بژکہ سارنے

ٹاکارہ ڈیلشتھ ژھاے پکھن ہنز

ڈمٹس نہ گژھان ریونز لوبہ متین

موہہ متین، بدمتین تہ اہنکارن

تہ شوو بود منوش ساد منوش

نیشہ بود منوش، پزرس لور منوش

گاٹلو گیانی، بنیہ زانن والی

ژھبپہ دِتھ ژاہتی چلن اندر

زِلہٕ ہیوٚ چھمُژ شُشہِ نارٕن ہٕ دَم
کژکھ دِلَس سۄمب ہٕ کانٛژہِ شٔنہ

تہٕ یِم یِمَن مَژہٕ بَل، ہُنرِ یار تہٕ طاقتھ
دِل ہُشیاری، تجُربہٕ کاری گوٚن داٚنی تہٕ دریشٹی
یہ طوٗفان ڈیشتھ لاگتھ اُچھَن پٹ
زَنتہٕ بَنے ہتی سیکہِ صحراوَن ہُندی شُترُمُرغ
سیکہِ صحراوَن ہُندی شتر مُرغ۔ سیکہِ صحراوَن ہُندی شتُر مُرغ
(ایوٚ دوَے پیش کار ییٚژہ سُہ ہیکہِ ہیٚرِ میہ گورسہٕ بَدل
یہ لیَہِ بَند کوٗرس گیوٗناوِتھ)

سعہ تہٕ ہشنز رحسی کٹ دَقنکُ مار پچ
ژھَلہٕ راوان سیوٚد ساد منوش
نے چھُنہٕ کانٛسے عِلس چھُنہٕ بِلکُل
یوگہٕ دٕرشٹی یوگہٕ مایا یہٕ نُم تُل

بژم بژم چوکَن بژہٕ رآدی ساری
دَھرمہٕ چہ گَرمہٕ چہ وَتہٕ پیٹھکُن اُکھ
سَمیَس ژھعہ پیہٕ گیہٕ جشنو ڈیشتھ

دِژن رَسَن ٹھوٗس چھُہ لوٗگمُت
مولُن کٲکہ مُرِ یادَن لگہٕ وُن
بَدکٲری سَتھوٗ تاج گٔلس پھیٹھ

مَرژہٕ پلپِنہٕ ہِنٛدی گنٛتہٕ دِلن سارٕی
ہنگ دٲرِ مو چھُہ مَنٛز تھاوان بَنٛد
راجہ بَلَس کوٚم زانٛہہ ما تژاوُن
کُرسی ہُنٛد سرٛیہہ اَنٛد وَنٛد چھاوُن

دَوٕ دَو سأپرے کُرسی باپتھ
دُنہٕ دَولَتہ سُرتازٕ مَلاحت
بَجرٕ ج تھزرٕ ج نیتہٕ نُنٛز بادٕتھ!

ہارِ ژَرِن قُرِن کوٚستوٗرِن!
گینٛڈ گاٹُر چھکہ زاگہٕ بہت گژد
جونٛٹس ہٕزاران توٗنتہٕ چھُہ چھکش دِتھ
پانٛژ آلی کاوُس کُنٛہ نُنٛد پَرواہ

لوٗبہ مَتیِن چھِنہٕ ریٛشنزی ڈامٕٹس
ہُہی مَتی لوٗبِن مُہہ اَنٛد کارٕن
شوٗدی لودی سادٕ تہٕ سٛینڈ گُلھ دَم چھُٹو

## گاٹلی، گیتانِ پنزہک عاشق

ژھیپہ ہینہ لَر دِتھ بیپٹھ گو پھن مَنز
زلو ہو چھم شُشی نارِ شرہ کے مِتہ
کژکھ دِنِ سومب چھنہ کانہہ تہٕ طاقتھ

اَتھ طوفانس پیپر گو سورُے
تجربہٕ کاری پھیش چھ لوگمُت
گوہٕ دانَن چھنہٕ کانہہ اَکھ مازان

گُنڈ ہرپٹ چھنے اُچھن بَلہٕ دانوٗ
زَن ہُسی کو کَرن ژھیپہ ہیشر تریکہٕ مَنز

(کورس وارہٕ وارہٕ چھکراونہٕ یوان تہٕ پتہٕ والپس
یوان پَتہٕ جایہ روزان لوکَن کُن نَظر کرِتھ۔ )

کورس :۔ تیلِ کُس بَنہِ لُکہٕ نایک تہٕ اَنہِ انقلاب
کَرِ لُکہٕ سیوا تہٕ تامیر کَرِ نوٗد خواب
(گاش سوتان، پتہٕ سوٗت سوٗت یوان بنیہٕ )
(دانا وُزیرہٕ ہکہٕ اَژان)

دانا وُزیر :۔ ڈیڈی وان! چرن داس ہے چرن داس!
(کورسس مَنز بنان دَر تہٕ ڈیڈی وان اَژان)

ڈیڈیکروان:- مہرا! داس چھُ حاضر۔ کرِو حکم ؟

داناوزیر:- چرن داس! تم میٹھائی پرزھی۔ تیپہ وَنکہ نہٕ تیپسی سوزکھ پوٚر۔

ڈیڈیکروان:- بیٚہتر ماہرا! وُنی سوزکھ۔

داناوزیر:- میٹھائی کام ہیکن صرف ہیم گِندن گرٕ ی اُنزراوتھ۔ سوزُے

دود تہٕ پوٚنی، زگ تہٕ پرزون نیبر نوٚن منٛز دربارس۔ گرٕ پرٕتھ کانٛہہ

قدم تُلن سوٚچتھ۔

(کورسہٕ منٛز اژان اُدارنگ تہٕ سدارنگ)

اُدارنگ پتہٕ سدارنگ:- دانا وُزیرس اَسِن

اُدارنگ:- اُدارنگُن

سدارنگ:- سدارنگُن

دوشوٚے:- نمسکار

داناوزیر:- نمسکار۔ ڈلو تھاوِو آسن

اُدارنگ:- کرِو مہاراج داسن حکم۔

داناوزیر:- بوزِو؟ تُہندِ متہٕ چھےٚ مےٚ اَکھ اَہم تہٕ ذمہ داری ہنٛز کام

تھاوِنی۔ یہ کام ہیکو خالص تُہی یاتی انجام دِتھ۔

سدارنگ:- ماہرا! حکم کرِو۔ اَسی کرِو پرٕسنتا یہ سان تہنٛز پرٕتھ کانٛہہ

کام تہٕ داتناوو اَتھ۔

اَدارنگ :۔ ماہراج ! حق نمک ہےٚ سپدی۔

دانا وزیر :۔ بوٗزِو ؟ تہٕ ہہ چھ تیٚسی رٲچھس منٛز ژنگ پیٚٹھ دٕہہ کٔژہہ

دۄر داس یِپری واتُن۔ تتہ چھےٚ سینٛجہ داسنٛ گرٕ واجیٚنی روزان۔

تَس گژِھ خبر لگنہٕ زِ راز آو راژٕ دانہِ والیس مگر سینٛجہ داس نہٕ۔ سہٕ

گژِھ تشوٗیشس منٛز پیٚنہٕ۔ سہٕ گژِھ زانُن زِ شاید رُودُ نہٕ سینٛجہ داس۔

سہٕ مارِ پان جان تہٕ کیٛاز سہٕ چھےٚ شُری واجیٚنہٕ۔ سہٕ پٔلیہِ خۄرِ رۄر

یۄری واَتِتھ رازس نِش تہٕ کیٛاز راژٕ ماوت تَس نِش تہٕ نہٕ رُود

سینٛجہ داس۔ مگر یِہ شیٚنیٛچھ چھےٚ تَس وٕرگہِ پاٹھی واتناوٕنی۔ یِتھ رُود

تُہنٛد مادفہٕ شہ گو یِہ مقبول موختہ ہار ، ٹرٛٹھو۔

اَدارنگ :۔ واہ ! واہ !! دون بایَن کُنُے ہار۔

سدارنگ :۔ ژےٚ گوٚے پَن تہٕ میٚنے گیٚہ موکھتہ چھلہٕ۔

دانا وزیر :۔ آ۔ ہا۔ ہا۔ پٔزی پاٹھی چھو مسخرٕ۔ دانا مسخرٕ۔ ٹرٛٹھو بیٛاکھ ہار نتہٕ

تِلو اَکھ اَکس ستی فساد۔

اَدارنگ :۔ دانا وزیرس اَرن آے۔

سدارنگ :۔ تھدٕن پاے۔

اَدارنگ :۔ تہٕ بٔڈ جلے۔

سدارنگ :۔ دِیو ماہرا اِجازتھ

اَدارنگ :- یور وِنایہ تہٕ اور آیہٕ۔

دوشوٚے :- نمسکار۔

دانا وٚزیر :- کام کرِ زِ پُورٕ پُورٕ حبہ سان۔

اَدارنگ :- ماہرا ! تمہٕ کیتھٕ گیہ گنڈن گرِ۔

سدارنگ :- اَصلی وَقتکہ باہ روٚپی۔ نمسکار۔

دانا وٚزیر۔ نمسکار۔

(نیران۔ گاش سوٚتان واٹھ واٹھ، دانا وٚزیر سوزان اَکس اَندرس کُن وُچھان۔ اوٚرٕ اَژان وٚزیراَ مال سو ٹھاوان لولہٕ بوٚرُت اَتھٕ دانا وٚزیرس پھیٚکس پیٹھ۔ گاش ہمنا تیزان)۔

وزیراَمال :- کیا چھُو سوٚنچان ؟

دانا وٚزیر۔ کیا چھُس سوٚنچان۔ سوٚنچان چھُس زِ کوتاہ بھاگیہ وان چھُس بہٕ۔

وزیراَمال :- کیا بھاگیہ وان ؟ کہ سہٕ بھاگیہ وانی۔ کُس راج تاج پٕردٕ ؟

دانا وٚزیر :- وٚزیری منتر کیا کمی چھیے ؟

وزیراَمال :- آدھیکار۔ پوٚرن آدھیکار۔ کمُس تاج تہٕ ہیہن شکت۔ سوٚرے پُتہٕ نیٚن سہ چھُن منتر۔

داناوٗزیر:۔ وٗزیراال! اَڈ کیٚا وَنان تُسہٕ اَدھیکار چھُ راز س۔ یُس لگہِ پالک

اَتہٕ داتا تہٕ نیٚیاے موٗرتی چھُ۔

وزیراال:۔ غلط! تُس چھُ تہٕ ہنٛد مشوٗرٕ گاڈہٕ جارتہٕ اَنوبھو یکہٕ ناداں تہٕ

نیٚیشہٕ ناداں۔

داناوٗزیر:۔ یہ چھُ چوٗن موٗہ تہٕ طمع وَنان۔ یوٗت اَہنکار لگہِ نہٕ تھاوُن۔

سون راز دِکرم چھُ ساسہٕ ہدٕ وٗری گُذرٕنہٕ پیٚتہٕ پیٚتھ دیٚشس منٛز

پراکرِی راز۔ دھرماتما تہٕ پوٗرٕ نیٚیاے ورتاوَن وول۔ لالچہٕ رٕوس۔

ژُکودر۔ ہیتٛکاری۔ ژٕ نے چھےٚ لوٗبن گژھان داُجمر نیٚتہٕ چھےٚ رازماتایہ

ہٕنٛز ریٚش۔

وزیراال:۔ کیٚا چھو وَنان۔ کیٚتھہ چھُ پیٚتاہ راز دِکرم سٕنٛدی کرتوٗت۔

داناوزیر۔ کیٚا! کیٚاہ وَن۔ وٕنی کیٚتھ کیٚاہ چھےٚ ژٕ نے؟

وزیراال:۔ پیٚتاہ چھُو ژوٕنز کیٚا آسم وَنان۔

داناوزیر:۔ کیٚا؟

وزیراال:۔ دپان آسہٕ راژن وُچھ باغس منٛز پوش ژٹان۔ اَکہٕ اَکہٕ زنین

ناد دِتھ۔

داناوزیر:۔ پیٚتہٕ!

وزیراال:۔ اُکس وٕوٕنی کنٛی ہنٛدر واُلی برے سوٗ نہٕ ستی۔ بیٚیس رٕوٗنی۔

ہُنٛدِس ترٛاوے کَنٛتھی نٲلہٕ۔

دانا وُزیر:۔ اَد۔ دان کَر۔ دٲتی رازٕ چھُ۔ دان ہیٚکہٕ نا کُرِتھ۔

وزیر امال:۔ تَمہِ نیٚپھرٕ کینہہ وَدنہٕ نکھ ہہٕ۔

دانا وزیر:۔ اَدِ؟

وزیر امال:۔ بوزان گژِھو۔ رازٕ کمارس ہٕنٛزَن وہسَن دوٚپُن زٕ تَس کیتھ رنمووِ، وَن شِکارس۔

دانا وُزیر:۔ اَدِ!

وزیر امال:۔ پُشنہٕ وُچھتھ گوٚ دیوانہٕ تہٕ نَرِ سَتھٕ پھ کَرِتھ کھاُجن شعہٕ نگَن کُھٹہٕ سعہٕ ژِجس یِل دِتھ بَرٕ پٔھٹہٕ تہٕ گَرٕ وٲتِتھ کھیٚون وِیہہ۔

دانا وُزیر:۔ کیا؟

وزیر امال:۔ تُہندِس لُکہٕ پالکَس مُتعلِق کیا کیٚا چھِے وَنان تَمہِ پانہٕ وٲتی رِتتہِ چُھمہِ وَنُن۔

دانا وُزیر:۔ نہٕ۔ مےٚ چُھنہٕ کینٛہہ تہٕ بوزُن مگَر۔

وزیر امال:۔ مگر کیا؟

دانا وزیر:۔ یِمہِ کَتھ گژھَن نہٕ رازٕ ماتا پیٚہ ہٕندِ بن کَنَن گژھنہٕ۔ بَرٕ گا نہٕ کینٛہہ دہ پٔتیہ صبر کرُن۔

وُزیر امال:۔ کیٛازِ۔ سعہٕ بوزِ نا ئتہٕ۔ یِرژھ کَتھ چھا کُھٹِتھ روزان۔ مگر تُہی کرُد

وُنی کیس پالنس منز ہمتھ پاد۔ راج تاج حاصل کرنچ شبیل کرو۔

دانا وُزیر:۔ وزیرا مال! ژکر دم! یتہ ییمہ بڑد نہہ کُن یہ سونچکھ۔

وزیرامال:۔ ژھلہ بلہ۔ دان گوژہ دِتھ، پھرلوکھ ساری پالنس کُن۔

دانا وُزیر۔ دم کر۔ بدنیتھ۔

وزیرامال:۔ رازہ لگہ کو کرمن تہ تہی کرناوٕیو لکسورِ سے خزانہ خالی۔ پلنے
گژھ نادار۔ تہ ہیہ پیلیس اتھہ دارُن تہ موقہ وُچھتھ نیون۔ ۔ ۔

دانا وُزیر:۔ کیا؟

وزیرامال:۔ ہاں تہ۔ سو سے گیہ راز نیتی۔ کپٹ نیتی۔

(دانا وزیر گژھان وزیرا مالہ شرارتس منز زنتہ ہوٹ چیرنہ)

دانا وُزیر:۔ خبردار۔ ڈیپل سرپینی۔ گڈری وہ شرارچھی وہ تھان۔

(وارہ دارہ گاش سعتان تہ پتہ بیہ لوٗت لوٗت ہیور
سٹیجس پیوان۔ سوٗرے کوٗرس ناو ہندس رولیس
منز۔ تم ساری زنتہ ناو چلاوان والی ہانز بنچہ کھوری
اکھن منز ژٹھتہ ناو اپور تاران۔ ادا رنگ نہ سدا رنگ
وہ دِنی زنتہ ناوِ تارلبان۔)

## کورس

دے کرِ یاری تھاوُ ہُشیاری — تارِ وُن دِیہ اَسہِ تار
یِی بیٚلہِ پستی لوٚکن تہٕ مستی — مَن ڈٕلِہ بنیہِ اَنہار
داوِ طوٗفانَن منٛزٕ کَم جانَن — ژٕرے چھمکہ پالَن ہار
اَنہٕ گٹہٕ راۄن شُرِ ین تہٕ بارَن — سانٛہِن کرٕ دوہ پکار
تارِ وُن دِیہ اَسہِ تار
تارِ وُن دِیہ اَسہِ تار

سُے شاہ پاشاہ — دِکرم شاہ پاشا
پاشاہ پاشاہ — دِکرم شاہ پاشا

(گاش سوتان تہٕ موٗسیقارن ہوٗتے ساری نیران۔
سدارنگ اَکس اَندس کُن اَکس چوکہِ پیٹھ بہہان۔ واُنسہٕ
تیپسی سُندر کہ لاگِتھ، کورس اَژان زنتہٕ گاہکی روزن
وٲلی سورُے زنتہٕ نیدان گامہٕ کِس ژٕوڈِس پیٹھ۔)

اَدارنگ :- داس پُری کیو روزن والیو!
لوٚکو بوٗزِو وارِ دِلو دیٚان

تَپہٕ وَنہٕ پیٹھٕ کُے تَپہٕ رێوش آمُت

تٕمہٕ کال دٕرلیٖشٹ بێیہٕ چھُس گیان

اَن پٕن تٕمی سُند کیول پھَل مۆل

کَرِ لُس پٕرێیشن کانٛہہ وَنہٕ تَس فال

چھا کانٛہہ شُرِ واجێنٛ لِس گوتراٲیہٕ تھ

سٲمی پَنہٕ نُے سأنیپتہٕ عَیال

وَنہٕ سۆبٕلَن ہُند پھَل

پَردلیَن مُشنٕر گا نٛگلہٕ مَنٛز

ہینہٕ آمتی یارَن ہٕنٛز شیٖنٛچھ

بادٕتھ کَرِتھ لُس یۆت آمُت

تَپہٕ وَنہٕ پیٹھٕ کُے تَپہٕ رێوش آمُت

ہے! داس پُری کیو روزَن والیو!

اَکھ :- کُس چھُ سُہ رێوش۔ کَتہٕ چھُ ؟

اَدارنگ :- سُہ تہ بَرٛمچھ کُلِس تَل سماد بیٖہِتھ

اَکھ زنانہٕ :- سُہ چھا اَنتریامی ؟

اَدارنگ :- سُہ نامی۔ اَنتریامی۔ بَہَن ڈٕریَن ہُند نِراہاری۔

بیاکھ زنانہٕ :- میانہٕ الپشرو! گرٛشھو ناتہٕ دَرشُن کرِتھ یمَو۔

اَکھ زنانہٕ :۔ دوٚلہٕ موٚ چھہٕ پھوٚل نوٚس ۔ بھبوٗت ہیوٚس۔

اَکھ :۔ سُہ چھا تِمہٕ وَنہٕ ہیٚٹھہٕ آمُت یوٚت راز وِکرَم چھُہ گومُت ۔

اَدارنگ :۔ آ۔ تِمہٕ وَنہٕ کۍ تِمہٕ ریوٚش آمُت۔ ترہٕ کال دٔریشٹی ہیٚیہ
چھُس گیان۔

اَکھ زنانہٕ۔ سُمیرا یہ تہٕ وُنو۔ سہٕ پٔرژھِس سنٛجے داسنٛ خبر اُتر۔

اَدارنگ :۔ سُمیرا۔

بیاکھ زنانہٕ :۔ تَس آسہٕ گوٚڈٕ شُر یو دوٚلمُت نال۔ سہٕ کتہٕ کُلہٕ۔

اَکھ زنانہٕ :۔ توتہٕ وَنوس آسِس مامہٕ کَل۔ سہٕ پٔرژھِس خانہٕ دار سنٛز سیٖتھہٕ۔

بیاکھ زنانہٕ :۔ یکہٕ پانَس۔ تَس کہٕ سہٕ فِکر۔ تَس چھُہ خانہٕ دار راز وِکرمَس سیٖتی
گومُت عاشُن تہٕ آرامَس۔

اَکھ زنانہٕ۔ بلکہٕ پٔرژھِس وانے چھا۔

بیاکھ زنانہٕ۔ کَتہٕ تِمہٕ ریوٚش تہٕ کَتہٕ راز سُند سلوک سنٛجہٕ داس۔

اَکھ زنانہٕ :۔ مہٕ بَروَسواس۔ دوٚلہٕ اَگُرژھنہٕ چھُہ گژھتے۔ سہٕ تہٕ نمون سیٖتی
خرجہٕ چھا۔

اَدارنگ :۔ ہینہٕ دِنہٕ روٚستے دَرشُن۔ ترہٕ کال دٔریشٹی تھاوَن واٚلِس
تِمہٕ ریٚشی سُند دَرشُن۔ ہے داس پُری کپولو کو! یکو۔
(سُہ پھِران باقین ساٚری سے سٹیجَس تہٕ نوان سَدارنگَس

بڑدٕہ گُن ۔ سالِم گاشس پھیران تۄرِ کُن ۔ سُمیرا تہٕ اَژان
تہٕ رٲلان سارِ بے سیتی ) ۔

اَدارنگ :۔ ہے سوامی ! ؤنم سیوک چھُ تِہندِس دَرشنَس آمتی ۔ اُچھ
پٕژ ماُدِو ۔ یتہٕ گژھ نہٕ کانٛہہ اَکھ تہٕ خٲلی نیرُن ۔

اَکھ زنانہٕ :۔ مہاراج ! سون چھُے نمسکار ۔ اَسی چھِ شرن ۔

باقے زنانہٕ ۔ تیٚہ رِیشس اَسِ سون جے جے کار ۔

سَدارنگ :۔ سُکھی رُوزِو ۔ سَمتہٕ بَجر پُشی نو ۔

اَکھ زنانہٕ :۔ (الہتہٕ) پُرژھ ہے ۔

بێیاکھ زنانہٕ :۔ ژٕ پُرژھس پانے ۔

اَکھ زنانہٕ :۔ مہاراج ! میانہٕ بێنِس نٮ۪ے پۆتر کورِ گوژھ سنتان پَنُن ۔

سَدارنگ :۔ ہے شِو شمبھو !

بێیاکھ زنانہٕ :۔ ہے دَیا ۔ اُچھ گرِہن بَندہٕ ماگو سمادِ ۔

سَدارنگ :۔ دأچھ مژرأدِتھ ہے یِژھادان ۔ بنہٕ سنتان ۔ کانٛسی ہُند
وِژت گژھ گرِس منترِ دِرُن تہٕ کیٚنٛہہ رٮ۪تی پرژلِ ہندِ گرِ زِونگ ۔

اَکھ زنانہٕ :۔ مہاراج تہنز دَیا ۔ اَسی چھِ شرن ۔

بێیاکھ زنانہٕ :۔ ہێیے ژٕ تہٕ پرژھی ہے

سمیرا :۔ کیاہ پرژھس ۔

اَکھ زنانہٕ :۔ مہاراج ! یێتِس سُمیرا یہٕ ہند ساٹھی سنٛے داس چھُ راز وکرمس سأرتی تیٚہ دِن گومت ۔

سُمیرا:۔ (مَنٛدٕ چھےٚ مَنٛدٕ چھےٚ) سُہ مہاراج گوٚڑہ دارٕ پاٹھۍ آسُن۔

سَدارنگ:۔ ہے شمبھو! نیلہٕ کنٹھ۔ اگوز ناتھ۔ زگہٕ ہنٛدِ رٔکھ پالہٕ۔

اَدارنگ:۔ اَمِس گژھِ شُرکہٕ ہنٛز چھیٚے۔

بیاکھ زنانہٕ:۔ مہاراج! تژ ہے کوٚرِ تہٕ شُرٕکُن پوٚتر۔

سدارنگ:۔ سنجے داس! کوٚڈُن وَن داس، پوٚرٕ اکھ ماس۔ راژس ستھ تہٕ دٕلس مَنٛز... گرٕ۔ گرٕ

سُمیرا:۔ مگر کیا مہاراج؟

سَدارنگ:۔ نوٚن چھُ پوان بوزنہٕ ٹاکارٕ۔ خبر چھیٚے ناکارٕ۔ ۔ ۔ ۔

سُمیرا:۔ ہے کیاہ گوم! نہٕ مہاراج ڈَنو!

سَدارنگ:۔ شِشتہٕ میانیا۔

اَدارنگ:۔ مہاراج! تہنٛد سِوک چھُ حٲضِر۔

سَدارنگ:۔ کُس کرِس ہاوتھ۔

اَدارنگ:۔ مہاراج! کَمہِ کنہِ ہنٛزرٕ؟

سَدارنگ:۔ زِ تِپہٕ دَنہٕ پیٹھٕ آدٕ مہاراج وِکرَم اَکی رێتی راز دانہٕ واپس۔ مگرٕ۔ ۔

اَدارنگ:۔ مہاراج بڑوٚنہہ کُن تہٕ ڈَنو۔

سَدارنگ:۔ شِشتہٕ میانیا! مگر سنجے داس آو نہٕ۔

سُمیرا:۔ مہاراج! سُہ کیا زِ آو نہٕ۔ ڈَنو مہاراج! وُنیشب کرِتھ ما گوم کینٛہہ۔

سَدارنگ:۔ راژک مالِکھ صِرف اکھ۔ خالِص اکھ۔ بیٚیہ نہٕ کانٛہہ۔

اَدارنگ:۔ مہاراج! یہٕ چھنے کورٕ ماج۔ ڈَنِتھ گژھیوٚس۔

سَدارنگ:۔ تہٕ ہیکہٕ خالِص پانہٕ مہاراج وِکرَم ڈَنِتھ۔ کیوٚل چھُ سُے

یوت راز زانان۔

اُدارنگ :۔ ہتہ بی بێنی ! تۄہی گژھو رازدانہٕ تہٕ پرٕژھو پانہٕ رازٕ وِکرمس
زِ تُہُنٛد سۄمی سنٛجے داس کیاز آو نہٕ تیٚہ وۄنہٕ پیٚٹھہٕ واپس۔

اَکھ زنانہٕ :۔ مہاراج ! تِی کرٕ۔

بیاکھ زنانہٕ :۔ آہن یِگاہ چھُ نیٚرنٕے گامہٕ کین نگرٕکُن تہٕ ژٕتہٕ نیٚرتمہٕ سنے
سیٚتی۔

اُدارنگ :۔ مہاراج ! تہٕ کیا یوان دۄریٚنٹھ۔ یِم بھکھتی ماگرٕژھن واپس
گرٕ واپس۔

سدارنگ :۔ کرٕمن ہُنٛد پھل بۄگُن پٔزتھ اُکس۔ سُمیرا یہٕ کیٚتُت چھُ رُت رازدانہٕ
گژھن تہٕ رازس پرٕژھن سنٛجے داسُن اوحال۔

اَکھ زنانہٕ :۔ مہاراج ! تِی کرِ چارٕ کیا چھُس۔

اُدارنگ :۔ مہاراج یِم بھکھتھ چھِ پھل مۄل ہیتھ آمتی۔ یہ گرٕ دُسو لیکار۔

سدارنگ :۔ ہے اَگور ناتھ شمبھو۔ زِگہٕ ہٕنٛدٕ پالک۔ کرٕ دُ آہار۔ پھلا ہار۔
دسورٕسے گاش وار وارٕ سوتان۔ کورس بێیہ پیٚنہٕ
جاپہ یوان تہٕ اُڈی روزان کھرکرٕتھ لۄکن تہٕ اُڈی بنان
ڈیڈی وان۔ واوجہٕ داو کرٕن واجنہٕ بلیترٕ )۔

داسی :۔ راج ماتا ! دانا وُزیرا یہٕ تھُہنٛدس درشنس۔

(دانا وُزیر اژان)

دانا وُزیر :- نمسکار! راز وِکرم سُند تیز تہ پرتاپ پوٗرن اسہ اَنٛد وَند۔

(اژھ پیٛ)

راج ماتا! تُہی کیاز وۄداُسی؟

مہارانی :- گوڈٕ اوسُکھ ژٕ دھرم سنکٹس منٛز تہ وۄدنۍ چھس بہٕ تہ۔

دانا وُزیر :- ماتا! صبرس چھِے کام ہیٛنۍ۔ یژر روزِ نہ زیادٕ دوٚہن کھٹِتھ۔ اماپوٚز۔

مہارانی :- اماپوٚز! اژھ یہ کیاز کرِتھ؟

دانا وُزیر :- وۄدنۍ چھِے پرزاتہ شک کران۔ وُزیر تہ منتری تہ چھ رازس منٛز تبدیلی وُچھنہٕ یژھان۔

مہارانی :- تہ تمہ کیاہ چھُ لبنہٕ یوان۔

دانا وُزیر :- میٚے ماتا! اسے چھنہٕ رازس منٛز راز وِکرہنی سنسکار سوبھاد گاٹٕج جار تہ دریشٹی لبنہٕ یوان۔

مہارانی :- یِم چھِنا راز وِکرم۔

دانا وُزیر :- خالِص شریر کِنی۔

مہارانی :- رازس ما چھُ ژیتہ برم۔

دانا وُزیر :- ژیتہ برم نہ ٹلِی کرِ یہ چھِے کاے بدلی۔ شریرِ راز وِکرم سُند تہ زُود روٗح سنجے داسُن۔

مہارانی :- داناوزیر! ژکیا دنان۔ میٚے چھ اتھگ ولہسران۔

داناوزیر:- اکھ پنژرِس ژٕنہٕ راوُن پیٚیہ۔

مہارانی :- میانہٕ بھگوانہٕ۔ ژٕ کیا چھس یہ بوزان۔ اے وزیر! یہ کیتھ
کٕنۍ چھُ ممکن؟

داناوزیر:- ماتا! یتھۍ واقاتھ چھ سٲپنہٕ تہٕ ورداتن ہنٛدِ پربھاوٕ کنۍ
ممکن سپدان۔

مہارانی :- تہٕ سینٛجے داسُن زُو کیاز یہ راز وِکرم سنٛدِس شریرس منٛز۔

داناوزیر:- ماتا! یہ چھِنے سینٛز کنٛہ راج بھوگنچ یژھا۔ راج تاج چھاونک
ہوس۔ پُرزایہ ہنٛد ٲلکھ۔ راز گرُک ٲلکھ۔ مہارانی تہٕ نوکرچاکر
ماتا کٔس داس چھِنہٕ راز بتہٕ نچ یژھاتھاوان۔

مہارانی :- تہٕ راز وِکرم گُنٛد زُو۔

داناوزیر:- سُہ ماتا آسہِ کنٛہ دوٚیمہِ زُو ژاتھ ہنٛدِس شریرس منٛز۔

مہارانی :- وائے گوٚ وِکرم آسہِ سنٛکٹس منٛز ہینہٕ آمُت۔ داناوزیر ژٕ
کیا زِ چھس زٕنہٕ۔ بتر آتھ کونہٕ گژھان چاک تہٕ ژٕ کونہٕ تھٔکی منٛز شریان۔

داناوزیر:- تھٔہی تھاوِو سنتوش۔ بیٚیہ یوٚدوے میٚون ماتو پگاہ پربھاتن
گژھو تھٔدِس شو بھگتی منی راج شوامی وجیانندنِس آشرمس منٛز۔
ماتا! ممکن چھُ تمہ ہیکن تہٕ یہ من شانت تھاو تہٕ موکھ کاشہ پایا

وۄ پایاۓ ڈنگہ۔

مہارأنی :۔ تہٕ میؤن سأمی چھُنا راز۔

دانا وٗزیر :۔ شرپہٕ کنہٕ سے۔ تہٕ کیازِ شرپہٕ تہٕ چھُ پرٕزرک اَکھ اہم انگ۔

مہارأنی :۔ مطلب ؟

دانا وزیر :۔ تہٕ ہہٕ چھُپون لیہ ہے شرٕ پہٕ ہیٚنٛ سأمی مونمُت۔ مگر یہ چھُپیتہٕ مکمل وِکرٕم۔ تُہنٛد مکمل سأمی۔

مہارأنی :۔ میؤن مکمل سأمی۔

دانا وزیر :۔ آ۔ راز سنٛسکارٕ بُرتھ وِکرٕم۔ ماتا ! سنٛسکار چھِ بینٛز سٕتی۔ منوشٕس میلان۔ وبد۔ پالنا۔ ماحول۔ تہٕ ست سنٛگہٕ سٕتی چھُ سنٛسکار تہٕ سوبھاو برزرتہٕ دٕرڈٕ تالبان۔ یِمہٕ وے کنہٕ چھے آدم ہیٚنٛز مکمل شخصیت شکل لبان۔

مہارأنی :۔ میؤن کرمہٕ لون ! تیلہٕ ؟

دانا وٗزیر :۔ مَن شانت تھاوُن تہٕ صبر وسنتوشس کأم ہیٚنٛز۔

مہارأنی :۔ ٹھیک چھُ تیلہٕ گژھہٕ پگاہ پرٕبھاتس شوآشرمس گژھٕ ڈُنگ پرٕمبندہ کرُن۔

دانا وٗزیر :۔ ماتا ! ضرور سپدِ مازٕ وِکرمس اُسن بجے کار۔

دگاش وارِ وارِ سوتان۔ کورُسس تہٕ بدلان جایہ تزایہ۔
دانا وُزیرِ آسان سوچس گومُت۔ گاش وارِ وارِ یوان۔
وزیرامال آژان۔ سیٹھاہ ماسے مٗوحبتھ وَرتاوان۔)

وزیرامال:۔ ساٗمی! کیاہ چھوٗ سوچان؟

دانا وزیر:۔ مےٚ چھُ سوچُن کیُٹ گُنےٚ وٕہرار۔

وزیرامال:۔ کیاہ؟

دانا وُزیر:۔ یہ زِمنوش کیازِ پننہٕ آدرشن تہٕ اُصوٗل مُشراوان۔

وزیرامال:۔ تُہۍ چھِیوٕ تی یِرھان روزُن یہ اَز چھُو۔

دانا وُزیر:۔ کیا؟

وزیرامال:۔ اَکھ پوٗو ہیوٗر کھسُن۔ مُکمَل راجیُت چھاوُن۔

دانا وُزیر:۔ ہُنہٕ خام خیالی! یِم وٕہرار گژھن تزاوٕنۍ۔ دانا وُزیر گوٚ نہ
دَغا کرُن وول۔

وزیرامال:۔ ساٗمی! دُنہٕ تہٕ چھِنہٕ زیر گومُت۔ ہنا کرِو وہرار۔ راژِ چھِنہٕ
پننہٕ نلن خواسن مشر۔ یہ لگاہ بنیہ کانہہ۔ وُزیر موکھ فایدٕ تُلہِ۔ زور
لبہِ۔ تُرھ بل ہاوِتھ راجتُ یراوِ۔ یا ساٗرے سینا پھیپرتھ گژھِ
تہٕ چھُنا جان تُہی نیوٗن راز ہِ تختہٕ پلیٹھ وٲلِتھ۔ تیٚیازِ سارنے
بڑوٗنہہ چھُ تُہی حق۔

دانا وزیر:۔ ژٕ سے کیا چھے سُپُد مُت وزیراماٗلی۔ مےٚ کیا راج دژھ یا
بغاوُتھ چھا تُلمٕژ۔ مےٚ چھنہٕ راج تاج چھاوُنگ کانٛہہ شوق۔

وزیرامال:۔ تہٕ ہرٕ چھُنہٕ! مےٚ چھُہ۔

دانا وزیر:۔ کیا کمی چھےٚ۔ کیا چھُنہٕ اَسہٕ۔ پنٕہ نِسبے ماکس ستی بے وَفاٗیی۔
چھی۔ چھی۔ یہٕ چھا دھرم۔

وزیرامال:۔ دھرم تہٕ نیتی چھےٚ وَنان یِیٚلہٕ راز آسہٕ کمزور گٔژھان تہٕ مُہ
گژِھ زنٛین ہمُاٗمٕ دِتھ۔ ہنا ہٕیٚیو بہٕ دِ کاٗم۔ یِہ ہٕیے چھُہ موقہٕ۔ واریہٕ وار
گژھن ساٗری لگھ۔ ساٗرے پژنا راز ہٕشدین کر توٗتن نِش خبردار۔
تہٕ ہاہا کار وو تھ۔

دانا وزیر:۔ بِلکُل نہٕ۔ کانٛہہ ہاہا کار وو تھ نہٕ۔ بہٕ لانگھ ساٗری وُزیر تہٕ
پژرا چانہٕ کھو تہٕ زیادٕ۔ تِم دِن زٕ و راز وِکرمس پتھ۔ تِم ژالن تھی
شُندِ سوٗرے۔ سُہ چھُہ تہشنِد نایک تہٕ تِس تھاوِن سورُے آیہ تن۔

وزیرامال:۔ ہُنٛہہ نایک! بِچور راز وِکرم! تہٕنٛزِ داناٗیی تہٕ کارٕ
قاٗبلیتہٕ ستی چھُہ وِکرمس بوٚڈ ناو تہٕ......

دانا وزیر:۔ تہٕ......

وزیرامال:۔ شرارتھ کیاٗ زِ چھُو کھسان۔ مَتہٕ ماٗنی تو میٛون۔ اکہٕ نَتہٕ اکہٕ دوٚہہ
پیٚیو پانٕے پالبس نگر تمہٕ وِزِ آسہٕ سیٚٹھاہ ژیر گومُت۔ بیٚیہ تعہ ہرٕ

کیاہ کاشہہ مومٔلی نوکر بنِتھ تَن راز توہی سۄدِ دولتس تہ ڈزہری
کران تہ اَتھ داران۔

دانا وزیر:- ڈزیرامٔلی اتھ سے کوسہ کو بنزا چھے نستہ کنہ ثامرِ۔ چون گاٹہ بجر
تہ ہزگرتھ کیاز بدلے ہیٖر۔

وزیرامال:- سمے ڈیشتھ گژھہ پننٕ لابہ ٹھانڈن۔ نیرِ زنگہ ڈٕٹھتھ پتہ یہِن۔

داناؤزیر:- یم گیہ تریا ژر ہتھر کری وہی۔

وزیرامال:- کیاہ۔

داناوزیر:- یہ چھ شایان شان چھُتی چھکھ بکان۔ یہ کرہٕ پننٕ قول، فرض
تہ آثار برباد چانس وہنس پیٹھ۔ گژھہ کرکاشہہ کاماہ کاراہ۔ یم
کو وسار ترٛاو۔ پننٕ دھرم کرم تہ زنم ہہ راوٕر۔

(کورسس دروازٕ بنان تہ ڈیڑی وان اژان)

ڈیڑی وان:- مہاراج! زنٔکسی جوان چھہ تۄہہ سمکھن یژھان۔

داناؤزیر:- ؤزیرامال! تہٕ نیر وٕنی کہن، گژھہ پننٕ من تھاوشانت۔
چرن داس اُنکھ یوٗری۔

ڈیڑی وان:- بیٖہتر ماہرا!

وزیرامال:- ہُنہہ۔ (نیران)

(وزیرامال نیران اکہِ اتھہِ تہ اُدارنگ تہ سدا رنگ

اُڑان ڈپڈی وانہٕ وَتہٕ۔)

اُدارنگ تہٕ سدارنگ: دانا وُزیرس اُسن سدارنگن تہٕ اُدارنگن نمسکار۔

دانا وُزیر:۔ نمسکار۔

اُدارنگ:۔ ماہرا! پی ژٹے بوٗتھ تی اوٚن بامُل۔

سدارنگ:۔ کرٕ کام ڈلی ڈلی بٹیہ کرٕ جل جل۔

اُدارنگ:۔ داس پٕری مَنٛز اوٚن الہٕ ڈٕلہٕ۔

سدارنگ:۔ داسہٕ کٹے پٹیہ وااُتھ جل جل۔

اُدارنگ:۔ لگاہ وُچھو دربارس مَنٛز تہی۔

سدارنگ:۔ سُمیرا ماہرا پٹیہ پانٕے وااُتھ۔

اُدارنگ:۔ رازس پٕرزِہ پیٔے، سُنجے داسُن۔

دانا وُزیر:۔ ٹھیک چھُ۔ لگِن نیاے۔ راز وکرم سُند نیاے۔

اُدارنگ:۔ بٹیہ اکھ نیا یاد ڈٕ تھمُت نگرس مَنٛز۔

دانا وُزیر:۔ کُس نیاے ؟ کیا سناہ ؟

سدارنگ:۔ گرِ داوا۔ گتہٕ رینی دَنہٕ داسس ماہرا۔

دانا وُزیر:۔ کَسہٕ گتہٕ رینی۔ کُس دَنہٕ داس؟

اُدارنگ:۔ نگرچ ناماوار اپراجے۔ نشرنس مَنٛز ماہرا۔

سدارنگ:۔ گرِ داوا دَنہٕ داسس جوہرِس ماہرا۔

دانا وُزیر :- دَربارس منٛز ٹھیک چھُ۔ ٹھیک چھُ۔

اَدارنگ :- اُسی تہٕ وُچھو ماہرا لاگِتھ پوٚشاگی بوٚگی شُنٛد دکھ۔

دانا وُزیر :- ٹھیک چھُ تتھ منٛز کیاہ چھُ حرج۔

سدارنگ :- ماہرا۔ بیٚیہ تہٕ یوٚد پیٚرٕژھوو کتھا۔

اَدارنگ :- خبر اَسہِ تگیا پیٚرٕژھن تہٕ۔

دانا وُزیر :- کیاہ سَنا ! پیٚرٕژھو؟

اَدارنگ :- وَتہٕ وُچھِ یوٚر گٔژھان سمبلا۔ دولت۔ سوٗن، روٗپہ۔ لال جواہر۔

سدارنگ :- بوٚز سہ پیہ سوزنہٕ داسس پُرکی۔

دانا وُزیر :- تہٕ چھُ پوٚز بِلکُل پوٚز۔

اَدارنگ :- ماہرا! کس بھاگیہ والس کٔر یہ دولت؟

دانا وُزیر :- سنجے داسنہٕ کوٚ ٹمبہ خاطرٕ تٔمندین آشنادن، پترین تہٕ ہمسایَن۔

اَدارنگ :- آسٕر چھُ! یُتاہ گوٚڈے رازٕ تَس پیٹھ۔

دانا وُزیر :- دٔنی رازٕ شُنٛد دان۔ پی گوٚجان۔

سدارنگ :- ماہرا! پی گوٚجان رِکھنہٕ خالی کرُن خزانہٕ۔

اگاش سوٗنان تہٕ پتہٕ وارداہ کورسس ہیٹھ پیوان۔ کورِس
گژھان دوٗن تھکھ باگن منٛز تقسیم زٕنتہٕ اَکِس باگس

مُنز تِم یِم ظُلم کَرن وٲلی چھہ تہٕ دوٗیِمِس مُنز تِم یِمن پیٹھ
ظُلم سپدان چھہٕ۔ یِمن مُنز باگ ترٛیٚیِم باگ تِمن ہُنٛد
یِم لوٗٹہٕ چھہ۔ موسیقی روزان چلہٕ وِنی تہٕ بدلان۔ ظالم باگ
دوٗیِمِس باگس مُنٛز پاٹھرس مُنز یہ ہاوان زِ تِم کوتاہ ظُلم
چھ کران تہٕ دوٗیِم کتھہ خٔدس مُنز کتھہٕ کنٛی چھہ ظُلم برداشت
کران تہٕ اَکھ عملہٕ مُنز کتھہٕ کنٛی چھ ترٛیٚیمہ باگکو تفصیل فایدہ
تُلان، لوٗٹان، پَدوہ پیٛاوان۔ رشوت رٹان۔ ییٚتہ کنٛی
چھ کورس سۅ باوتھ کران یُس سماجس مُنز ترٛین کورکن
ہُنٛز کشمکش چھنے۔ کمزور ورگ، کمزور ترین بنان تہٕ
زوراور زیادے زوراوار تہٕ مُنز یِم ورگ ہٕٹنی وٹھنی وٹان۔
ہہ سورے سپدان اَکس ربط و ضبطس تحت۔ آخرس
مُنز سارِنی مُنز اَکھ باطاقت نفر وٕ تلان لیٚنٛدی
غولام ساری چھ بنان۔ یہ سیٚن ییٚتھے عوٗروٗجس واتہٕ
گاشس سۅ تہٕ۔ تہٕ کورس کرِ ہیوٚرس ٹیٚجس کھٚستہٕ لوٗکن کُن
تھٕر تہٕ کیٚنٛہہ رٔٹن ینہٕ ینہٕ جایہٕ۔ داسہٕ کُمہٕ ، واجہ داو
کرن واجنہٕ تہٕ ڈیٚڑی وان بیٚتر اَکس اَندس پیٹھہ اَکس
کوٗٹس پیٹھہ پنجرس مُنز اَکھ طوطہٕ۔ مہاراٗنی اُمی سے طوطس

(زنتہٕ پھل ترٲوان۔ دانا وُزیر اژان۔)

دانا وُزیر:۔ ماتا! راژہٕ وکرمس اُسن جٕ جٕ کار۔ سیون چھُو نمسکار۔ تو یہٕ سُمتھ پیٹھ اوٚنوس بُلاوِتھ۔

مہارانی:۔ دانا وُزیر! یہٕ آیس وٕنی شو آشرمہ پیٹھہٕ آشرمچ شانتی وُچھتھ گومت سیٹھا پرسن۔ وجیانند چھہٕ سیٹھا بڈ مہاتما۔

دانا وُزیر:۔ ماتا! کینٛہہ پرامرش یا راے وَنِو کھہٕ۔

مہارانی:۔ تمو بوز میانہ سنکٹچ ساری ڈلیل۔

دانا وُزیر:۔ پتہٕ؟

مہارانی:۔ اُدِ وونُکھ نہٕ کینٛہہ۔

دانا وُزیر:۔ تو تہٕ بوٗزکھ کینٛہہ۔ کانٛہہ پایا' وہ پایا۔

مہارانی:۔ سیٹھا سوچ کٔرتھ تہٕ ژیتھ دِتھ دِیٛتُکھ پننہٕ آشرمک یہ پنٛکھی مےٚ۔ ہنٛجرک طوطہٕ۔

دانا وُزیر:۔ طوطہٕ!

مہارانی:۔ آ۔ یہ طوطہٕ۔ نیٛشی بوٚد۔ بولہٕ وُن طوطہٕ۔

دانا وُزیر:۔ وونُکھ کینٛہہ۔

مہارانی:۔ آ۔ ووٚنہم یینہٕ اُمس کینٛہہ گرٛی ژھیٚ زین تہٕ توٚتہ گژھہ زانُن

دانا وُزیر:۔ تہٕ اصل مسلہٕ؟

مہارانی :- تمہٕ متعلق وۄہم نہٕ کینٛہہ...... یہ طوطہٕ ہیوٚتھ مےٚ سیٹھا
ٹوٹھ گژھن۔

(طوطہٕ سٕنٛز بوٗلہٕ گژھان موسیقی پیٹھ)

یہ چھُ سیٹھا مۄدُر بوٗلی کران۔

دانا وزیر :- طوطہٕ! طوطہٕ!! ماتا مےٚ کیا حکم چھُ۔

مہارانی :- مےٚ یہ وَنُن چھُ تہٕ چھُم نہٕ تگان پھُرُن۔ کیوٗل چھُم باس تہٕ باوٕزٕکھ
نہٕ شبد۔ شکو تہٕ شنکا یوسٕتی چھُم مَن بَرتھ۔ نیٛہہ تہٕ نینٛدر بِچھرٕ۔
سوکھ تہٕ سامرتھ چھُم نہٕ رۄدمُت۔ راز سٕنٛزوٕ کھرٕ کرٕ گژھن ہٕنٛز
کتھ۔ بوزی بوزی چھس تنگ آمژ۔ یتھِ یتہٕ مالگہٕ لگہٕ پامَن دانا وزیر!

دانا وزیر :- ماتا! یہ پرٛژھ چھےٚ وارٕ وارٕ سُلجان۔ پانےٚ لبہٕ سمادان۔ کیوٗل
سنتوش تھاوُن ییہِ کینٛہہ دۄہہ۔

مہارانی :- دانا وزیر! مےٚ بوز خزانک سون رتھ چھُ لوان سبی وایہ
پاٹھی یاگراونہٕ۔

دانا وزیر :- پوز چھُ ماتا! مگر تشویشیچ چھنہٕ کانہہ فکر۔ سوٗرے روز پتہٕ لیہ
دیشس منٛز۔ گژھہ کوٚت۔

مہارانی :- بس اَپی اوسُم پرٛژھن۔

دانا وزیر :- مےٚ چھُ تران فکرٕ زِ تیہہ کوسہ کوسہ پریشانی آسہ۔ گردیشہٕ کال

وِشرٲوِتھ چھُ اَسہِ کیٛتھ پیٛتہٕ زِ کیٛنہہ کال لاگو اَسی ڈٲلِشتھ اوٚن
تہٕ بوٚزِتھ زوٚر۔

مہارٲنی :۔ (زراش) تہٕ زیوٚن گنٛڈ۔ ہُنھ!

(طوطہٕ بوٚلی گٔژھان بیٚیہ موسیقی پلیٹھ)

دانا وزیر :۔ طوطہٕ! زبچور طوطہٕ!! مانا مینٛ چھا آگنیا؟

مہارٲنی :۔ پرتہٕ بُتھ۔ (اُڈِس سٹیجس گاش سوٚتان)

دانا وزیر :۔ (نیران اَکِس اَنٛدِس کُن) اَدار نگَن تہٕ سَدار نگَن
دٔنیوو زِ طوطہٕ سنٛدِ مرنہٕ گیوو سنٛجے داسَس صدمہٕ — طوطہٕ!
... ضوٚرٕ ٲسِ چھُ اَتھ منٛز کیٛنہہ راز۔ طوطہٕ!!! اصلی وِکرم — رازہٕ
وِکرم گژھتہٕ طوطہٕ سنٛدِس روٗپس منٛز آسُن۔

(سوٗرے گاش سوٚتان۔ دانا وزیر تہٕ مہارٲنی نیران۔
طوطہٕ سُنٛد چایہ بیاکھ طوطہٕ بیٚیِس پنجرس منٛز۔ تس۔ اَکھ
سیوٚک ژٕھٹھ سۓ آسہِ طوطہٕ سنٛدِ بدل تہٕ بولان۔ دٔنہٕ داس
اَژِ سینٛھٲسَس تہٕ تھوٚسس منٛز۔ کوٗرس آسہِ ہنا تبدیلی سان
تکیاز یہ چھُنہٕ رازہٕ محلہٕ بیٚتر ٹلی کرِ دٔنہٕ داس جوٚہری سُنٛد گرِ)

دٔنہٕ داس :۔ اَکھ کتھ تہٕ مانٛگُم نہٕ۔ اَمہٕ کھۆتہٕ اَسی تِتھ وِکرم رازَس ناو تھوٚد
تہٕ نَستہٕ گوٚد۔ ہرگز نہٕ۔ یہ گوٚ سیوٚدے اَنٛزتھ۔ بلکل اَنٛزتھ ہنٛگہٕ منٛگہٕ

ہانزِھ تہٕ مانگے۔ یہ گوگاٹلی پاسٹھن والہٕ وارِتہٕ لاگن تہٕ روپیہ
وُگراوِنہٕ۔ وونی آسہٕ ہے اور کانہہ بوڈ سیٹھا تہٕ توتہٕ گرہٕ ولڑائے۔
تمہِ چھم اور تکہٕ زِن نا۔ چھونی چھو نیاہ۔

طوطہٕ :۔ اے مالِکھ! ژٕ کیاز بامبریومُت۔ ژٕ سے کیاز فکرِ تہٕ کروُ وو؟

دِنہٕ داس :۔ بوزان چھکھ نا کوٗت گُٹہٕ کار وو ٹھ۔

طوطہٕ :۔ اے مالِکھ! کتہ بیٹھ؟ کیاز۔ ڈلیل کیا چھے؟

دِنہٕ داس :۔ اے طوطہٕ یہ کیا ونے تہٕ ژٕ کیا بوزکھ۔

طوطہٕ :۔ اے مالِکھ وَن۔ ممکن چھ بہٕ ہیکے مدتھ کرِتھ۔

دِنہٕ داس :۔ اے طوطہٕ ژٕ چھکھ مُودرِ مُودر بڑیہٕ کھیوان۔ بادام گوچھا چھکھ
زانہہ اُسس تراوان یُتھ عقل بڈِ ہی۔

طوطہٕ :۔ اے مالِکھ اَکھ لوکٹ پنچھی چھ لوکٹ عقل تھوان بے شک۔
مگر ممکن چھ مدد ہیکہٕ کرِتھ۔

دِنہٕ داس :۔ اڈُں۔ وَن ژٕ چھکھ عقلہٕ منز بوڈ کِنہٕ دانا وزیر۔

طوطہٕ :۔ کُس دانا وُزیر۔

دِنہٕ داس۔ مہاراج وِکرم سُندِ زیٹھ وُزیر۔ دانا وُزیر۔

طوطہٕ :۔ اے مالِکھ! تُسہٕ چھ کیوٗل مشوٗرِ دان۔ پُستکہٕ پورمُت تی بادان۔
یہ تمن لیکھتھ چھ۔ دھرم تہٕ ریوایتھ پالان۔

دٕنہٕ داس :۔ تیٚلہِ دَن ژٕ چھکھ گاٹُل کِنہٕ مہاراج وِکرم؟

طوطہٕ :۔ اے مالِکھ! وِکرم چھُ راز تہٕ بہٕ اَکھ پٔنکھی۔ راز یوٚدوے پیٚیہِ
ساری طوطہٕ نیہ مارنہٕ دِتھ۔ سیٚون مثالہ قیمتہ چھُ وُچھ تنلینہٕ ژلُن۔

دٕنہٕ داس :۔ تیٚلہِ دَن دانا وُزیرس تہٕ ژےٚ منٛز کیاہ فرق چھُے۔

طوطہٕ :۔ سُہ وَنان پُستکَن ہُنٛد گیان تہٕ بہٕ وَنہٕ تی یہ ہیٚچھنادنہٕ بہٕ۔

دٕنہٕ داس :۔ تیٚلہِ کُس چھُ بوٚڈ۔ سُہ کِنہٕ ژٕ۔

طوطہٕ :۔ سُے تہِ دوان مشورٕ تہٕ بہٕ تہِ دِمہٕ مشورٕ۔

دٕنہٕ داس :۔ تہٕ فاصلہٕ؟

طوطہٕ :۔ اے مالِکھ! ایُس نہٕ آزاد آسہِ سُہ کیا فاصلہٕ دِیہٕ۔

دٕنہٕ داس :۔ یوٚدوے ژٕ مےٚ رُت مشورٕ دِتھ بہٕ کرتھ آزاد وُنی۔

طوطہٕ :۔ اے مالِکھ! دَن کیا تکلیف چھُے؟ کُس مسلہٕ چھُے نوٚو طلب؟

دٕنہٕ داس :۔ طوطہٕ! میانہٕ ٹاٹھہٕ طوطہٕ! مےٚ پھٔرے بہٕ پنہٕ نی زٕو۔

طوطہٕ :۔ اے مالِکھ کیتھ کٔنی؟

دٕنہٕ داس :۔ ہےٚ یہ سوٚچُن وُچھ تہٕ بودِمےٚ نگرٕ کین زٕ ٹھین نش۔

طوطہٕ :۔ تمہِ سِتنی۔

دٕنہٕ داس :۔ کتھ زیٚھتے یہ۔ تمو پھلاٗد کتھ تہٕ اپزاجے گتہ ریٚنہٕ کھوٗت
بوٚش رٔلی کہٕ ہس دِتہٕ ہس تمن چھُ میٚون اَچھ کُھٹرٕ۔

طوطہٕ :۔ کَتہٕ پیٹھ دیتھس ہس۔

دَنہٕ داس :۔ سو دورے پیٹھ داوا کرنہٕ پگاہ چھےٚ رازس نِش پیشی۔

طوطہٕ :۔ گتہٕ رٹنہٕ کَتھ کوٚر داوا۔

دَنہٕ داس :۔ اَکھ ہَتھ سونہٕ ٹینکین۔

طوطہٕ :۔ کیاز؟

دَنہٕ داس :۔ مےٚ وُچھ تُمِس نژُن سوٚپنس منز۔

طوطہٕ :۔ اَدٕ؟

دَنہٕ داس :۔ سو مَنگان ماوضہٕ۔ تُس کیتھ دِمس۔

طوطہٕ :۔ نژُن وُچھنک۔

دَنہٕ داس :۔ آ۔

طوطہٕ :۔ تُسُند فأصلہٕ۔

دَنہٕ داس :۔ کیاہ؟

طوطہٕ :۔ تورہ گژھن دربار۔

دَنہٕ داس :۔ پگاہ۔ رازس نِش۔

طوطہٕ :۔ مےٚ رٹو سیتی۔

دَنہٕ داس :۔ ژٕ۔ راز دربار۔ ہاہاہا۔ ژٕ کیا کرکھ؟

طوطہٕ :۔ فأصلہٕ۔ بیٚیہ تِلوسونہٕ تُسُند اَکھ ہَتھ ٹینکی سیتی۔

دَنہٕ داس :- تونہٕ تُلمُ نہٕ ۔ وُچھ کیا چھُ وَنان۔

طوطہٕ :- تُہی مہٕ کھوٗژِو۔ داوا زِینو تُہی ۔ بٹیہٕ تُلو اکھ اَتھ تہٕ سیتی، تہٕ سپُد فَیصلہٕ۔

دَنہٕ داس :- کیا ؟

طوطہٕ :- آ ۔ مانِو میٲنۍ راے۔ کینژھہٕ تہٕ گژھہ نہٕ ضایہٕ۔

دَنہٕ داس :- کیا ؟ یُودوَے مےٚ کنجوٗسَن سعہٕ ٹھینکی ہتہ ہلورُے ۔ بہٕ چھیر ہوٗٹ ۔ تیٚہرِ نیٚہرِ کڈُے نوٗٹ ۔

طوطہٕ :- اے مالِکھ ! راژِ وکرم سِنٛدِس پرٛزِس نیابس پیٹھ تھاوِو پژھہ۔

دَنہٕ داس :- ٹھیک ہیٚے گَو ۔ اَتھی شرطس پیٹھ ، بوٗزتو دَنہٕ داسس گژھہ نہٕ چھوٗن کینژھہٕ۔

(گاشس سوٗتان نہٕ پتہٕ پوان وارِ وارِ ۔ کورَس آسان اَڈی وُزیر مشوَرِ دان ۔ دَربٲرۍ لُکھ تہٕ باقے کامہٕ کَرن وٲلۍ بیٚنے ہیتِ ۔ راژِ آسان تختس پیٹھ بِہِتھ تہٕ دانا وُزیر آسان تَس نکھہٕ)

کورس :- راژَس آسَن جَجے کار
نیاے وَرتاوُن کرُن وو پکار
راژَس آسَن جَجے کار

راز وِکرمس تھوٗد آدھیکار
رازس آسن جے کار

ڈیڈیوان :۔ راز وِکرم سُند نیاے تہٕ انصاف پوٗشن اَنٛد وَنٛد۔
داناوزیر :۔ مہاراج! نیایہٕ موٗرتی ہنٛز آگنیا یوٗدوٕے آسہِ تہٕ دربار لگہِ۔
اَزِچ کاروٲیی گرِژھہٕ آرمبھ۔

راز دِوہھان تھوٗد۔ ساری دِوہھان تھوٗد۔

راز بیٚہان، ساری بیٚہان۔

داناوزیر :۔ نگرِچ مشہوٗر گتہٕ رٮ۪ینی اپراجے کرِ پنُن مُقدمہٕ پیش۔
راز :۔ اپراجے گتہٕ رٮ۪ینی! اَتس کیا مُقدمہٕ چھُہ۔
داناوزیر :۔ یوٗدوٕے آگنیا آسہِ سہ وَنہِ پانے کُنہِ خوفہٕ بغیر تہٕ ہراسہٕ
وَراے۔ تی چھےٚ راز دربارچ مرِیادا تہٕ رٕوایت۔
راز :۔ اِجازتھ چھُس۔

د اپراجے اَژان دَنہٕ داس طوطہٕ تہٕ طوطہٕ بردار تہٕ
اَژان۔ اپراجے اکہٕ اَنٛد تہٕ دَنہٕ داس طوطہٕ بردار بیتر بیٚہہ
اَنٛد روزان)۔

اپراجہ :۔ مہاراج وِکرمس اَسن جے۔ پادپرنام مہاراج۔
راز :۔ ژھ چھکھ گتہٕ رٮ۪ینی۔

اپراجہ :۔ مہاراج!

راز :۔ ژےٚ ہوٗ وتھۂ اسہٕ ناتھہٕ پنٕنؠ نژُن۔

اپراجہ :۔ مہاراج! تمہٕ ژھُنہٕ میوٚن نژُن بڈِن دوٚہن تہٕ ماٗلن پیٹھہٕ وُچھمُت۔

راز :۔ تیٚلہٕ وَن از کیتھہٕ کٔنۍ آیکھہ؟

اپراجہ :۔ مہاراج! ییٚمہٕ نگرکۍ بڈۍ جوٚہری، بیاپاری تہٕ سوداگرن ہٕ دنہٕ داس

ژھُہ میوٚن نژُن وُچھمُت۔

راز :۔ گوٚڈہٕ نا وُچھن۔ ژےٚ گژھہٕ رٕٚٹنی چھکھہٕ۔

اپراجہ :۔ اوٚے مہاراج چھُس بہٕ اُمس اکھ ہتہٕ سوٗنہٕ ٹنکہٕ مَنگان۔

راز :۔ کیاز؟

اپراجہ :۔ پنٕنؠ ماوضہٕ۔

راز :۔ دانا وزیر! اَمۍ کیاز دیُت نہٕ اسہٕ ماوضہٕ۔

دانا وزیر:۔ راژن! ماوضہٕ چھُس گژھہٕ رٕٚینہٕ دیُن۔ نژُن وُچھنک ماوضہٕ۔

دنہٕ داس :۔ مہاراجس اُرن پرنام۔ بہٕ کیٚتھہٕ ماوضہٕ دِمس سہٕ یمۍ وُچھاو سُنٛد

نژُن سوٚپنس منٛز۔

باقے ساری:۔ سوٚپنس منٛز، سوٚپنس منٛز۔

دنہٕ داس :۔ تمہٕ کُس ماوضہٕ دِمس۔

راز :۔ کیاز نہٕ۔

دٔنہٕ داس :۔ مہاراج ! کیاز کیتھ کُنہ۔

راژ :۔ پگاہ وُچھکھ تہٕ سۆپنَس مَنز راژ بنیوٗمت۔ اُسی دِمو یہ بٔنتہٕ۔

(ساری اُسن تراوان دانا وزیرس سوٲے)

داناؤزیر :۔ خاموش۔ خاموش۔ مہاراج ! تُہند حُکُم چھُ یُس پَرتھ طرفہٕ چھُ
گوشراونہٕ آمُت زِ راژہٕ وِکرم سُند نیاے گژھہ تیوٗت نِکھٕکُن لایق
آسُن زِ سۆپنَس مَنز تہٕ گژھہ نہٕ کانٛسہِ کانٛہہ ظلُم سپدان وُچھُن۔

راژ :۔ تہٕ چھُ راژہٕ وِکرم سُند آدرش۔ نیاے۔

اپراجہ :۔ تیلہِ کیازِ وُچھ دٔنہٕ داسن سۆپنَس مَنز میون نژُن تہٕ ماوفہ
دِیُتُن نہٕ۔

راژ :۔ آ۔ آ۔ دُیُن پیٚیس۔ نَتہٕ روزِ راژہٕ وِکرم سُندِس نیاَیس تہٕ
اِنصافس پام۔

دٔنہٕ داس :۔ کیاز دِمَس ؟

طوطہٕ :۔ ضروٗر دِموس !

راژ :۔ یہ کُس چھُ۔ یہ کٔمی سُنز آواز ؟

دٔنہٕ داس :۔ مہاراج ! یہ چھُ میون مشوٗرٕ دان طوطہٕ۔

راژ :۔ طوطہٕ ! طوطہٕ ! ییتہِ کرٔی تِن دفا۔

دٔنہٕ داس :۔ مہاراج ! یہ چھُ میوٗن دانہٕ وُزیر۔ ییلہٕ نہٕ تُہی پَنُن دانا وُزیر

ترٛاوِتون۔ بنہٕ کرن نہٕ یہ دفا۔

رازٕ :۔ گنہٕ نژگر۔ کڈگتہٕ ہینہٕ ہُنٛد مادھنہٕ۔ اکھ ہتہ سوہٕ ٹنکہٕ۔

طوطہٕ :۔ اے مالِکہٕ! اَسہِ چھُنہٕ کانٛہہ حرج۔ اَسی تھاوِو یہ رقم اَنٛس بٔروٗنٛہہ کنہٕ۔

(دینہٕ داس آنہٕ رازس بٔروٗنٛہہ کنہٕ تھاوان تہٕ تتھ بٔروٗنٛہہ کنہٕ گوٗڑ)

دینہٕ داس :۔ مہاراج! وُچھو یہ گوٗ رقم ییتہ اَنٛس بٔروٗنٛہہ کنہٕ۔

طوطہٕ :۔ اَپراجے! اگرٕ نہٕ پنٕن رقم۔

اپراجے :۔ آ۔ نہٕ نا۔ پنٕن مادھنہٕ تہٕ حق۔

(سعہ پکان بٔروٗنٛہہ نِنہٕ خاطرٕ)

طوطہٕ :۔ مگر یُہ رقم یُس ژٕنٛیے اَنٛس مَنٛز چھُیے پوان لوٗزنہٕ۔ سُے چھُے ژٕنٛیے نیژن۔ اَتہٕ مَنٛزیُم رقم چھُ چون مادھنہٕ تہٕ حق۔

اپراجے :۔ کیازِ۔ یُہ چھُ خالِص عکس۔ مایا۔

طوطہٕ :۔ چون نژُن تہٕ چھُ سوٗپنس مَنٛز آمُت وُچھنہٕ۔ یُہ تہٕ چھُ خالِص تہٕ شوٗد عکس۔ مایا۔

(باقٕے ساری تھوٗد وتھان)

باقٕے :۔ واہ! واہ!! کیا فاصلہٕ۔ کیا نیاے!

دانا وزیرٕ :۔ مہاراج وِکرم کیا چھ ووِنی وَنان؟

راز :۔ یہ طوطہٕ کرٕیون دفا؟ اُمِس کتہٕ آیہ ڈلہٕ۔ یہ بوزد۔

دانا وزیر :۔ مہاراج! اَمہِ دیُت پَرٕ تہٕ پَوز فاصلہٕ۔ نیاے۔ یہ طوطہٕ گژھہ رٕچھنہٕ یُن۔

دَنہٕ داس :۔ اپراجے نوان کونہٕ چھکھ پَلنُن حق آسہٕ منظوٗر۔

اپراجے :۔ کیا رٕنہٕ۔ عکس کرنہٕ شرمندٕگی۔

طوطہٕ :۔ تیٚلہِ کیٚتھ کوٗرتھ داوا۔ مایا یہٕ۔ عکس۔ اپرٕس۔ کرنہٕ اہنکارٕ چھے۔

دانا وزیر :۔ اے دَنہٕ داس۔ یہ طوطہٕ دِن ژٕ مےٚ۔ بٕہ ہٕمن ٹٔلی۔

راز :۔ نہٕ بانہٕ!! یہ کھیاوُن ویٚتھ۔

دانا وزیر :۔ مہاراج۔ تہِ چھوٗ نیاے موٗرتی۔ تہٕندِس راز کالس منظوٗر پیٚیہٕ کانٛسہِ سیٚتی انیاے ورتاونہٕ۔ یہ پٔنٕکھی کیا زِ کھیاوُن ویٚتھ۔

راز :۔ اُمِس طوطس چھےٚ سیٚٹھا تیٚتھ۔ اُمِس وُچھتھ چھُس بٕہ کانٛپان۔

دانا وزیر :۔ بٔلہِ دیہِ راز! پرا اکرمی راز۔ مہاراج وِکرم چھا اَکِس موٗلی طوطس وُچھتھ کانٛپان۔

باقےٚ۔ (تھوٗد وُتھتھ) مہاراج! یہ کیا چھ اَسی بوزان۔

راز :۔ یا ہیکہِ یہ طوطہٕ نیاے ورتاوِتھ نتہٕ بٕہ۔

دانا وزیر :۔ مہاراج۔ یہ نِمَن بٕہ پَلنُن گرٕ۔ ٹٔلی کرِ پلیم ہیٚےٚ بٕہ ترٛاوُن یلہٕ۔

راز :۔ نہٕ۔ یلہٕ گژھِہ نہٕ ہرگز ترٛاوُن۔ زانہہ نہٕ۔

دانا وُزیر :- تیٖلہِ مہاراج ! رَچھَن ۔ ڈٔلو دَنہٕ داس تہٕ طوطہٕ ئُنِد موٗل۔

( دَنہٕ داس دوشوقان نہٕ دانا وُزیرس نِش سونہٕ ئُنِد
گوٚڈ رٕٹمان لیُس وُزیرنہٕ مَنٛزٕ گِڑان )
دوٚنی چھُس نہٕ اُدوٗ ئُسُند ماٚلکھ۔

طوطہٕ :- دانا وُزیر تہٕ دانا طوطہٕ۔

ساٚری :- دانا طوطہٕ !

دَنہٕ داس :- مہاراج ! وِکرمس اُسن جَے جَے کار
( اَکھ وُزیر اَنان اَکھ بوٚڈ پیٹھہٕ تہٕ دِوان دانا وُزیرس کُن )

دانا وُزیر :- مہاراج ! پَنٕنہِ رازٕ مو ہَرِ دِیو
( رازٕ تُس بُتھِ بُتھِ وُچھان )
پَنٕنہِ واٚج دِیو یتھ فاصلہٕ نامس پیٹھ ترٛاوٕ۔

رازٕ :- ( اوٚنگجہٕ وُچھان ) کَتہٕ چھےٚ کوسہٕ ہَش۔

دانا وُزیر :- مہاراج تُہہِ آسہِ مَنٛزی مہٕ اوٚنگجہٕ لاٚگمِتھ۔

رازٕ :- ( اوٚنگجہٕ خاٚلی وُچھتھ ) کَتہٕ چھےٚ۔

دانا وُزیر :- مہاراج ! تاجُب چھُ ! تُہہِ چھُنا سو لاٚگمِتھ۔ مہاراج وِکرم
چھُنہٕ سو واٚج کُنہِ جایہِ ترٛاوان۔ کاٚنسہِ تہٕ بخشان۔

رازٕ :- تیٖلہِ گوٚو وُشیح۔ سو بخشاو۔

دانا وٗزیر:- ہاتھہ کٔس! ماہرا سہ چھیے راذ موہر۔ سہ یینہٕ تہٕ پٔنٔس پیٹھ پیٚیہِ

تہٕ گوتہٕ ہُنٛد حکم تہٕ فاصلہٕ۔

راذٕ:- اَفسوٗس اسہ بخش۔ داہ دِنہٕ والین۔ تِیہٕ وٕلس مٕنٛز۔

اَپراجَ:- راذن! فاصلہٕ دُیت طوطَن۔

باقٕے:- دانا طوطَن۔

اپراجے- اَسہِ کیاہ کرُن دوہٕ فاصلہٕ پٔنٕس۔ اُرن اَسہ اِجازَتھ۔

(دَنہٕ داس- اَپراجَ نیران۔ طوطہٕ بَردار بیٚہان پتہٕ کنہٕ)

دَنہٕ داس تہٕ اَپراجے- راذس اَسن جے جے کار۔ دِکرم راذس جے جے کار۔

(زنانہٕ وٗدُن گرٛھان۔ سُمیرا تہٕ کیٚنہہ داس اَژان

تَس سٕتی سُمیرا وٗدان وٗدان یوان)

سُمیرا:- مہاراج! مہاراج!!

راذٕ:- یہِ کمہٕ سُنٛد وٗدُن۔

دانا وٗزیر:- مہاراج دِکرم چھنا اَکِس اَبلا زنانہٕ ہُنٛد وٗدُن ہیکان

پرزٕناوِتھ۔

راذٕ:- آواز چھم ویٚزِ نگر وِلاپھ کو سہ چھیے کران۔

دانا وٗزیر:- مہاراج! تُہی چھوٕ نا پرزٕناوان۔

سُمیرا:- مہاراج! تُہی اوٕ تیٚہٕ دَنہٕ پیٹھٕ واپس نگر میٚون شیر تاج سنٛجے

داسں کِتہٕ چھُ ؟

(راز مُنزٕ مُنزٕ دوہ ٹھفان تہٕ بیٚہان)۔

راز :۔ تۄہۍ چھکھ سُمیرا۔ تۄہۍ کوت آیکھ یوٗر۔ مےٚ سۄزٕ چانہٕ باپتھ سنہٕ رُتھ
سوہنہٕ روپیہ پٔرتھ داسں پُری۔

سُمیرا:۔ مےٚ کیاہ چھُ سوٗنس روٗپس کرُن مہاراج! میون سنٛز داس کِتہٕ چھُ۔

راز :۔ سنٛز داس کِتہٕ چھُ! سنٛز داس! راج بوٗگان۔ سوٗرگ بوٗگان۔
تۄہہٕ وۄنہٕ دیُت مےٚ تمُس داہ۔ سُہ گو سوٗرگواس۔

سُمیرا:۔ ہاے میانہٕ بھتو۔ میٚون شیرتاج کِتہٕ ٹھوو ون؟

دانا وزیر:۔ اے دیوی! ایُس سوٗرگواس سپدِتھ تُس لگہِ نہٕ راز دربارس
مُنز ماتم کرُن۔

سُمیرا یہٕ ہنٛدی سٔتی واٚلی:۔ مہاراج! سوٗرگہٕ داسہٕ ہنٛز اُسترکہ کِتہٕ چھےٚ۔
اُسی نموکھ داسں پُری۔

راز :۔ دانا وزیر! سنٛز داسہٕ اُسترکہٕ چھےٚ تۄہۍ وۄنہٕ سۄ مُنز۔

دانا وزیر:۔ رازن! سوزون گانٛہہ۔ مگر تُس کتھ آو داہ دِنہٕ۔ کُس چھےٚ خبر۔

سُمیرا:۔ میانہٕ سنٛز داسو۔ لگیو داسہٕ کشیے۔

راز :۔ مےٚ چھےٚ خبر۔ مےٚ چھےٚ خبر۔ سُمیرا! ژٕ مہ بابر۔ اُسی سوزوے
ژٕ نے رٹھمہٕ گرٕ۔ ژٕ مۄتہٕ گژھتہٕ دپلاچھ۔ اوٚش مۄتہٕ ترٛاو تہٕ۔ سنٛز داسن

مکانہٕ پیٹھ سعہٕ سیرِ پوسلتی بناونہٕ۔ واس پُری مَنٛز پیٹھ نوٚ رازٕ دآنی
بناونہٕ۔ چون گرٕ بنہٕ راژٕ محل۔ شُمیراژٕ مہ بامبر گژھ گرٕ واپس۔
سورُے کورس پنہٕ نہٕ پنہٕ نہٕ جایہِ پیٹھہٕ تھوٚد ووتھان۔
تمہٕ بنان زٕ ترٛ دمبرٕ زنتہٕ الگ پاٹھی مشوٗرٕ کران۔ دانا
وزیر یِوان ٹھان سٹیجس)۔

دانا وُزیر :۔ یہ چھا وِکرم راژس شایان زبان۔ میانہٕ دِپہ۔ یہ چھُہ پکہٕ
گسنجے داس۔

کورس :۔ یہ چھا راژٕ وِکرم وَنان؟
یہ کوٚت سنگھاسنہٕ پیٹھٕ وُتھی وُتھی گژھان۔
یہ چھُنہٕ وِکرم؟
یہ بناویا بنیا کہہ راژٕ دآنی؟
راژس ما چھُہ بدِ ناش گومُت۔

(دانا وُزیر پوٚت پھیران)

راژٕ :۔ دانا وُزیر۔ (زنتہٕ وَدان) یہِ شُمیرا سوزُن داس پُری واپس۔
یہ چھِنے منے وَدٕنا وان۔

کورس :۔ بلہٕ وان وِکرم چھا وَدان۔
تِشاے موٗرتی وِکرم چھا بزدل بنیومُت۔

دھرمانما راز وِکرم چھا اُمِس دایہ کچھ دِ ے گومُت۔

(سدارنگ تہٕ اُدارنگ ہیُور سٹیجس کھسان۔ سُمیرایہ سیتؠ
آمتین داسن تہٕ تمن سیتؠ لُکن کُن نظر کرِتھ)

سُمیرایہ ہندِ سیتؠ واُلی :۔ سنجے داس! اسانہٕ سنجے داسہ!!

راز :۔ شہ مُود تُس دیُت مے داہ! (راز ژنتہٕ ترٛہران۔ کھوژان)
شہ کتہٕ پیپہ سنجے داس۔

(اسدارنگ تہٕ اُدارنگ واپس پتھ کورسس سیتؠ رلان)

سُمیرا :۔ میتون سنجے داس کتہٕ پیپہ دوہ نی۔ شہ کھپو تیپہ ونن۔ کیا گوم۔
(راز گرژھان سُمیرایہ نکھہٕ۔ تس تُلان پھیکہٕ رٹِتھ نھٕوٚد۔ ژٕ
ژوشرٕ اکھ زالی پنجر پرد ہیتھ اژان تہٕ پردس پتہٕ پتہٕ پھالاُنی۔
سو چھنے پردس پتہٕ کنہٕ کورسس سیتؠ منز سٹیجس نکھہٕ رازس
کُن وُچھان)۔

کورس :۔ یہ چھا راز وِکرم اُمِس داسہ کچھہ تسلا دِوان۔

سدارنگ :۔ یہ چھ داسہ سنسکار بڑھتھ۔

کورس :۔ داسہ کرتوت ورتاوان۔

اُدارنگ :۔ یہ چھ تخیل! طوطہٕ دناد اُمی سِند کھعہ تہٕ گاٹُل۔

سدارنگ :۔ دانا طوطن ورتوو گاٹہٕ جار۔

سُمیرا :۔ راژن۔ میون سنجے داس۔ وارے وارے۔

راژ :۔ الپکانت۔ دانا وزیر۔ بہ دِمہٕ سُمیراہس الپکانتس مُشٕر تسلاہ۔

(کورس پوت پھیرِتھ ہیوٚر سٹیجس کھسان۔ دانا وزیر تہٕ طوطہٕ بردار

نیران۔ مہارانی تہٕ پرٛدٕ تُتی تھٲنہٕ)۔

راژ :۔ سُمیرا! چون سنجے داس مرِہٕ۔ ہرگز مرِہٕ۔

مہارانی :۔ میانہٕ بٔڈہٕ بھگوانہٕ! یہ کیا چھس بہٕ وُچھان۔ وِکرم چھا اُمس داسہٕ

تژِ یہ مارے برٛان۔

سُمیرا :۔ میون سنجے داس! بہٕ کیا دِنہٕ یِنہٕ نمن شُرن؟

راژ :۔ سُمیرا! ژٕ چھکھ راژٕ راٚنۍ!! بہٕ بناوٕ چانِس ناوس پیٹھ نوٚو نگر۔

سُمیرا نگر۔!!!

سُمیرا :۔ مگر میون سنجے داس ما آو واپس۔

راژ :۔ سُمیرا! سُہ مرِہٕ۔ بہٕ تھاوُن چون سنجے داس زِندٕ۔ سُہ چھُہ ژےٚ ناش۔

مہارانی :۔ میانہٕ دیہ۔ بہٕ کیا چھس ڈیشان۔ بہٕ کیا چھس پیٚہ نہٕ گنُو پوزان۔

(راژٕ سُمیراہس نکھہٕ بیِتھ زِنتہٕ تس ڈکس میوٚکھ ژھان کرُن)

سُمیرا :۔ راژن! یہ کیا!! تہِ کوٗت... بہٕ چھس داسہٕ کٔنا مچ۔ میٚنے ترٛاوِو

یلہٕ... کیا گوم... راژن... وارے... میانہٕ سنجے داسہٕ...

... بہٕ کیتھ تاوِنس لاٚچھنس۔

راژٕ :۔ ژٕ چھکھ میٲنۍ۔ بٕ ییٚمِس ژٕ بٔے تہٕ یہٕ سوٗنٛچتھ ہیکہٕ۔ چھاو
مےٚ سیٖنس راچھتھ۔

سُمیرا :۔ راژن! تہٕ کیا ؤنان؟ بٕ چھس تُہنٛدٮ۪ن کھورن ہُنٛد
کھوربانہٕ۔ پأژارُک مَل۔

(سُمیرا دِوان یَل تہٕ ژٕلان لوٗب کٔن)

ہاے میانہٕ سبتو! میانہٕ گبتو!!

مہارٲنۍ :۔ دوٚنۍ کیا رۄد پرٕ۔ میانہٕ ایٚشرٕ!! یمٕ کھو تہٕ بدنژ چھلےٚ
اُچھو ڈیشُن۔ وِکرم راژس وُژھ پیٚشر دِوکھ۔ دَربارس منٛز
لوٗگ اُمس نیٚزٕ داسہٕ کٕہہٕ منٛہٕ ناوٕنہٕ۔

(مہارٲنۍ ژَنٛتہٕ چکر پوان۔ سو نیران گیپران گیران۔
راژٕ بیٚہان سنگھاسنس پیٹھ بیٚہہٕ۔ داسی تہٕ ژاٮ۪ژ پنجرٕ
پیرٕ دِتھ تہٕ نیران)

راژٕ :۔ سُمیرا! بٕ بنا دِتھ ژٕ ـــ راژٕ رٲنۍ ـــ پننہٕ پیٹھ ماٲنۍ۔

سُمیرا :۔ یہ چھُنہٕ تہٕ ہرٕ شوبان۔ بٕ چھس راد ہژٕ۔ وید واہ۔ ڈنہٕ چھم نہٕ
تَس دوہہ تہٕ ہیٚتی مِتی۔ بٕ چھس ژوَن موصوٗم شرٛین ہنٛز
مأج۔ مےٚ چھہٕ شرُک رَچھنہٕ۔

راژٕ :۔ تمن رَچھن سانہٕ دایہٕ۔ ژہ ژٕ تہٕ داس۔ بٕ کرنا دِتھ ژٕ راج۔

وۄلہٕ یکہٕ یتہٕ سِنگھاسَن پٮ۪ٹھ بِیٚہہ۔ برٛنٛزی پوٗشہٕ۔ یکہٕ چاٛنٛز
ساگٕری باۓ بَناوِکھ وُزیر۔

(سُمیرا ہیوان گَنٛن ٹھُپھ دِنٕہ تہٕ ہیوان نیٖرُن)

سُمیرا:۔ نَہ۔ نَہ۔ رازَن پہٕ مہٕ وُنِو۔ بہٕ چھَس نِژھے جان۔ بہٕ نیرہٕ

(رازٕ گژھان نَن تَس رٹنہٕ)

رازٕ:۔ بہٕ دِمے نہٕ نیرنہٕ۔ ژٕ چھکھ میٖشانُس بنٛجے واہسٕی سُمیرا۔ مےٚ
چھُہ چون انگ وِیُود۔ ژٕ مہٕ دِد۔

سمیرا۔ نَہ۔ نَہ۔ بہٕ کیٛا چھَس یہ کَنٛو بوزان۔ میٖشانہٕ دُیہ۔ یہ چھیاسون
رازٕ۔ پرزاپہ ژٕھ۔ لُکہٕ پالَکُ رازٕ۔ کِنہٕ اُمِس چھےٚ کامہٕ
دپُون وُنہٕ وانٛچھر۔

(سُمیرا ژلان۔ رازَس کھسان ژکھ)

رازٕ:۔ ہُنٛہہ ما ژٕج! ژٕکرِ چھُس نہٕ نُبھتی بانہٕ۔ بیٖہ کھیٚنہٕ چوٚنٹھ۔
دگاش سوتان۔ رازٕ نیٖران۔ مۆسیقارٕ۔ وراۓ کورَس
وُسان بون سٹیجَس۔ اَنٛھ گژھان ترٛنٛے جھیہٕ۔ تَنٛزَس
سَتہٕ ژٕنٛی روزان زُنتہٕ سَتہٕ ریٖشی۔ اَکِس اَنٛدِس مُنگَن والی۔
(دُعایہٕ خارٕ) دوٚیمہِ اَنٛہٕ بھاگبھتی۔ منگن والی منگان ستہٕ
ریٖشی تتھاستو وَنان تہٕ یِتہٕ بھاگبھتی زُنتہٕ لیلا یہ یران۔ گاش

وارِ وارِ یمِن پیٹھ پوان۔

کورس:۔ ہی زگیہ پالک! پرمیشور

سنکٹہٕ منٛزٕ کڈ! راژس پژنلیے

تھفا ستو!!

دٕہس رحم کر راژس پژزلیے

تھفا ستو!!

اُلتہٕ ژلتہٕ کاس راژس پژزلیے

تھفا ستو!!

شکس تہٕ سنکٹ کاس سارٕے

ہی زگتی شو ر!

غمو فکرد تہٕ اندیشو منٛز کڈ سارٕنے

ہی زگتی شو را

بییہٕ منٛز ژے کر

ہی زگتیشور!

بٹہٕ ڈیرٕ سیر کر؟

ہی زگتیشور!

دانٕن خزانہٕ کر

ہی زگتیشور

ہُرہ بر تہٕ پوٚر بر
ہی زگتیشور
گوٗلابک رنگ تہٕ پولادٕچ سپری تھاو لوٗکن۔
تُھ استو!
سبٕزک سبزار تہٕ باغُک بہار ہاو سارنے
تُھ استو!
کُشدٕ کاس لوٗکن
ہی اِشٹہٕ دیوی
راٗفی روز لوٗکن
ہی اِشٹہٕ دیوی
دَیا کر لوٗکن
ہی اِشٹہٕ دیوی

دگپوان گپوان کوٗرس نیران۔ صرف روزان ڈیڈی وان، داٗسی پہ تہٕ ژوترٕ۔ گاش سوتان پتہٕ پوان وارٕ وارٕ۔ مہاراٗنی آسان طوطس برٛونٹھہ کنہٕ زنتہٕ دیان۔ پتہٕ پوان پلنگس کُن تہٕ اُچھ چھس طوطس کُن آسان۔ دانا وٗزیر اژان)

دانا وزیر:۔ راز ماتا ! نمسکار !

مہارانی:۔ آدھیکار۔ میون طوطہ چھُ سہ راتھ شامہ پیٹھہ اَن زُل
کھیوان ۔ نہ چھُ بول بوَشس کران۔ دانا وزیر ! اُمس کیاہ سپد
ہنگتہ منگہ۔ پننہ کینہہ سپدہ۔

دانا وُزیر:۔ کھوژمُت گوَرمُت ما چھُ؟

مہارانی:۔ مےٚ چھُ وہمہ پننہ کینہہ ناکارہ آسہٕ ڈیشُن۔

دانا وُزیر:۔ اُمی ما چھُ جایہ بدلی ہُند ہیوٚتمُت۔

مہارانی:۔ یہ اوس مےٚ سیٹھی موٚدُر بول بوٚشس کران۔ ہنگتہٕ منگہ
گوٚ خاموش۔

دانا وزیر:۔ یہ چھُ آسشرر۔

مہارانی:۔ سُوامی وِجیا نندن چھُ تاکید کوٚرمُت زِ یتھ نہٕ اُمس کینہہ
کینٛتُ سپدِ۔

دانا وُزیر:۔ ماتا! یہ ما چھُ کینہہ محسوس کران۔ ڈُنہے بہٕ سوزَن
پننِ طوطہ پوٚرکہ۔

مہارانی:۔ تِمس وُچھتھ کھیٚیا اَن زُل۔

دانا وُزیر:۔ مُمکن چھُ۔ سُہ چھُ کلس زبوانان۔

مہارانی:۔ اَچھا ! اَنتاوِیون تہیلہ۔

دانا وزیر :۔ اے داس ! ژٕ گژھ سون گرٕ۔ تتہِ اَنہٕ ناوُن ژٕ میون ٹوٹھ
طوطہٕ یوٗرۍ یِنہٕ پَنجرٕ مَنزٕ یلہٕ گژھہٕ۔

داسی :۔ مہارا ! دُرٕ اَنہٕ ناوُن۔ بہٕ اَنَن۔

(داسی نیران)

مہارانی :۔ مےٚ چھُ پھیوٗر وُتھی وُتھی گژھان۔ کھوٗرٕ اَچھ تہٕ چھم پھوران۔

دانا وزیر :۔ راج ماتا ! وُسواس چھِنہٕ کانہہ کنہہ۔ نیٚنٛشِر بوٗد پنکھی۔ اَسہِ
کینٛہہ دود ڈگ۔ بادٕ نہٕ ماچھ ہیکان کٔرِتھ۔

مہارانی :۔ پیٚنہٕ اُمس کینٛہہ گژھیم۔

(بنیاکھ داس اژان)

داسی :۔ راج ماتا ! مہاراج وِکرم چھُ یوٗرۍ تشریف اَنان۔

(راز اژان)

مہارانی :۔ مہاراج وِکرمس اَسن میون جے جے کار۔

راز :۔ نمسکار! مہارانی کیاز چھیٚے اَز دود اٮ۪سی، غمگین۔ مانہہ ـــ
وُرٕٹ داری۔ مہارانی کیاز تقاعتعترے پڑہش۔

دانا وزیر :۔ رازن ! راجماتاہ ہُنٛد طوطہٕ چھُنہٕ اَن زِل کھوان۔

راز :۔ کُس طوطہٕ؟

مہارانی :۔ یہٕ میون طوطہٕ ! ہُتہ پَنجرس مَنزٕ۔ سورٕے بول بوش چھُس موٹھمت۔

پہ اوس وادس واد کران۔

راژہ:۔ پہ کونہ چھونن یلہ تراوان۔ پچھیر کھور۔

مہارانی:۔ یہ چھہ منے ٹوٹھ طوطہ۔ رٗوچھمت۔

راژہ:۔ (اشرارتہ سان) میٲنس راژ محلس منز گژھہ نہ کانٛہہ طوطہ آسُن۔

مہارانی:۔ یہ چھہ نیٖشی بوٗد طوطہ مَن بہلادان۔

راژہ:۔ مَن بہلادان۔ رکھِہ۔ رکھِنہ۔ آپہ ہادان۔ نیٖلے ورتادان۔ وائے تَدبیر وَنان۔

دانا وزیر:۔ راژن سُہ چھُہ دانا طوطہ۔ میون طوطہ۔

راژہ:۔ پتھ کانٛہہ طوطہ گژھہ مارتہ نیٖنُن۔ ویٖنہہ کھیاوُن۔ میشانہ حکمہ سٕتی۔

دٲسی:۔ راج ماتا! طوطہ۔ طوطہ لاریو پنجرس۔ یہ گو شاید مرتھ۔

راژہ:۔ واہ! واہ! طوطہ گو مرتھ۔

مہارانی:۔ ہئے کیٛاہ گوم۔ دٲسی کیٛا چھکھ ونان۔

(طوطس نش گژھان)

ہرگز نہ ۔ ہرگز نہ ۔ یہ گژھہ نہ مرُن۔ اوہ میون ٹوٹھ طوطہ۔ ٹوٹھ طوطہ۔ اَمس کیٛاہ گوم۔ کیٛاہ گوم۔

(بێہوش گژھتھ پلنگس پیٹھ یوان لاینہٕ)

داسی بہٕ:۔ راج ماتا! راج ماتا!

داناوزیر:۔ راج ماتا! راژن! راج ماتا پہٕ آو وُتارٕ۔ یہٕ گیہ بێہوش
اُدٕ سُند طوطہٕ گژھ نہٕ مرُن۔ یہٕ چھ اَمہٕ روٚچھمُت۔ یہٕ چھ اَمہِ
ٹوٹھ طوطہٕ۔ راج ماتا۔ راج ماتا۔

(راژہ مہارانی نزدیکھ یوان)

راژ:۔ مہارانی! ٹاٹھ مہارانی!! نہ یہٕ گژھ نہٕ بێہوش۔ داسی
مہارانی اُدٕ ون ہوشس منز۔

(بلن سٹیجس کُن یوان تیزی سان)

یٚوو وے اَمس کینژھ گو۔ میٲنی ہوس تہٕ ارمان کتہٕ نیرُن۔
منے چھ اُمی سُند شرٕ یرٕ چھاوُن۔ سو کھ بوگُن۔

(مہارانی نش یوان)

داناوزیر:۔ راژ ماتا! ہوشس منز یہو۔

راژ:۔ بہٕ کرُن رژھ گھنجہٕ مہارانی ہُند طوطہٕ زِندٕ۔

داناوزیر:۔ راژن! توہی کتھ کنٕ کرٕیون یہٕ موٚد ٹینکھی زِندٕ۔

راژ:۔ میون زُو کرِ اُدٕ سُندس شرٕرس منز پرٲوِش تہٕ یہٕ گژھ
نوِ سرٕ زِندٕ۔

دانا وُزیر :- تُہی !

راجہ :- آ- بٕہ- پٕہ میون شرٕیر چھُے حوالہٕ- وُچھ طوطہٕ گژھہٕ زِندٕہ- تہٕ مہارٲنی گژھہٕ خوش- پزٕن- پتہٕ پیہٕ میٚون زِندٕ بنِتھ واپس راژہٕ شرٕیرس منٛز-

(راژٕ تژاوان فرشس پیٹھ پان)

وُچھ گٔبٕہ کاسے بدلی-

(داسی، اَدارنگ، سدارنگ- طوطہٕ تہٕ طوطہٕ بردار اژان)

اَدارنگ :- دانا وُزیر ! تُہنٛد دانا طوطہٕ اوّل اَسہٕ یوٚری-

دانا وُزیر :- رَژھا گوٚ ژِیر-

طوطہٕ :- اے مالِکھ ! یہ راژٕ شرٕیر چھُے میٚون اَصل شرٕیر- بٕہ پیمے اَتھی منٛز واپس-

(موسیقی پیٹھ طوطہٕ سنٛز بولی)

داس :- راج ماتا ! تُہنٛدِس طوطس پھیوٚر زُو-

دانا وُزیر :- کُس چھُہ اَصلی- مہاراج وِکرم کُس چھُہ اَصلی-

طوطہٕ :- بٕے چھُس وِکرم- اَصلی وِکرم- آسہٕ پننِس شرٕیرس منٛز واپس- وُچھ کاسے بدلی-

اَدارنگ :- اے دانا وُزیر-

سدارنگ :۔ یہ چون طوطہٕ گو پنجرس منز ژنتہٕ شیٹھنہٕ۔

(راز ژھوڈ ووتھان)

راز :۔ کُس کُس چھُو ییتہٕ۔ ہے اُمبھی۔ اُمبھی۔ اُمبھکا دیوی۔ ژٕ ئے کیاہ چھیے سپدمُت۔ اے وزیر۔ او داسی ! مہارانی۔ اُمبھکا دیوی کیاہ سپدُر۔

(موسیقی پیٹھ طوطہٕ بولی گژھان)

دانا وزیر :۔ ہے مہاراج ! مہاراج وکرم۔ یہ کیاہ چھُس بہٕ ڈیشان۔

(مہارانی ہوش یوان)

مہارانی :۔ آ۔ آں۔ ہاں۔ ۔ ۔

راز :۔ اُمبھکا۔ اُمبھکا دیوی ! اَچھ ہِرٕ۔ ژٕ چھکھ راز وکرمس کھوننہ منز۔ مُژرٕ اَچھ۔

داسی :۔ راج ماتا ! تہند طوطہٕ چھُ بول بوش کران۔

رانی :۔ وکرم۔ میون وکرم۔ آں۔ ہاں۔ کتہٕ چھُ میون وکرم۔

دانا وزیر :۔ اصلی وکرم ! ماتا ! ووٕنی چھُ پنٕنی کھنی مہاراج وکرم تو یہ لش۔

اداررنگ :۔ ماراج ! دانا طوطہٕ گو مرتھ۔ راج ماتا یہ ہندس طوطس پھیوہ جیس۔

سدارنگ :۔ دانا وزیر ! یہ کوسہ پرژھ؟

مہارانی :۔ وِکرَم ! مینون وِکرَم !!

دانا وُزیر :۔ ماتا ! وَتھ آو بَرابَر۔ یہ طوطہٕ کرٕیوٗن پنجرٕ مَنٛزٕ آزاد۔

راز :۔ کُس طوطہٕ ! یہ چھُ سنٛجے داس !!

بلقیے :۔ سنٛجے داس۔

راز :۔ آ۔ یہ چھُ سنٛجے داس۔ کرٕیوٗن اَمہِ پنجرٕ مَنٛزٕ آزاد۔ گَژھیہِ جَنٛگلہٕ جَنٛگلہٕ۔

دانا وُزیر :۔ مگر رازَن اَسہِ کوٚنہٕ یہ راز تراوُن نَکھہِ۔

راز :۔ دانا وُزیر ! ژٕ ہے چھے نا یاد۔ سُوامی وِجیانَنٛدَن اوس اَسہِ
وَردان دِیتمُت۔ مےٚ تہٕ سنٛجے داسَس۔ زِیٚلہٕ ییٚنٛزٕ ھو اُسی یکوٚ
پَنُن زُو بٔیٚیَن زُو ناٹُن مَنٛزٕ سأنٛپتہٕ تہٕ پَتہٕ ییٚلہٕ۔ ییٚنٛزٕ ھو ییٚیہِ
پَنہٕ نِس شرٕ پرَس مَنٛزٕ پتہٕ۔ مگر سنٛجے داسَن کرٕ اَسہِ مےٚ سٟتی بےٚ وَفأیی۔
بَد دَغأیی۔

دانا وُزیر :۔ کیٚیاز ؟

راز :۔ مےٚ اوس پٔرتھ وِزِ شَک زِ ژٕ گَرٕ کھ بےٚ وَفأیی تِکیٚیازِ ژٕ اوسکھ
مےٚ سٟتی وادَس واد۔ سَوالَس جواب تہٕ بحث کران۔ مےٚ
اوس باسان زِ کُنہِ نَتہٕ کُنہِ وِزِ کرٕکھ بےٚ وَفأیی تہٕ سنٛجے داس اوس
پٔرتھ وِزِ سٟتی سٟتی روٗزِتھ صِرف چاپلوٗسی کران تہٕ مےٚ اوس باسان
باوَفا۔ توَے اوسُم ٹوٚٹھ۔

مہاراُنی :۔ دِکرم۔ ژٕ پھکھ پُنزٕ پاٹھۍ دِکرم۔ میون دِکرم۔

راژٕ :۔ اَسِھکا۔ ژٕ پھکہ مِیانۍ۔ سنجے داسَن گوٚر تیٚہ دُلس مشترٕ متے سپتی

ژھل۔ اَکھ طوطہٕ جوٗری اُس کُلس پیٹھ وولنس آمُت۔ اَتھی دوران

آو اَکِس طوطس شِکارۍ سُند تیٖر تہٕ سُہ موٗد۔ دوٚیم طوطن کٔر

ژھرٕ ژھرٕ۔ متے گو نہٕ برداش۔ مَنس آم زِ بزٕ نزٕ کھنڈ

رٹنٕ نادون بہٕ طوطہٕ۔ وونُم سنجے داسس زِ میون شرٕ پُچھے حوالہٕ

ٹہ ساٹھیپٕ ژٕ و طوطس۔ میون شرٕ یٚر دُھت بَراد بو سنجے داس تُس

ووتان بھود راژٕ بنہٕ نگ ہٕوس۔ تمی ترٕ وو یُٹُن شُرٕ بر تہٕ بوٚرُن ژٕ و

میٹاس شریرس۔ پُٹن شُرٕ یر نیون ژالتھ تہٕ بہٕ روٗدس طوطہٕ بنتھ

وُچھان۔ یوتانۍ اَکی شِکارۍ روٚٹنس ژالہٕ تہٕ کُنفس دِنہٕ داسس۔

مہاراُنی :۔ بے وفا سنجے داس۔

راژٕ :۔ تہٕ یہٕ وفادار دانا وزیر! اَسہٕ پُنزٕ اَمی سُند سیٹھا مشکوٗر روزُن۔

ادارنگ :۔ تہٕ اَسہٕ پُنزٕ پننٕ لس راژس جے جے کار کرُن۔

سدارنگ :۔ اَسِن اِجازتھ۔

اُدارنگ :۔ اُدارنگس

سدارنگ :۔ سدارنگس۔ (دہ شوٗے) آیہٕ اور کنہٕ تہٕ دراپہٕ یور کن۔

(راژس تہٕ مہارانہٕ وراٹے ساری راژس جے جے کار کران)

باتھے :۔ مگر پاکِ راژس اَسِن جے جے کار ــ جے جے کار۔ جے جے کار

# سون تھیٹر کوت ووت ؟

اَز کَل ییٚلہِ تہٕ تھیٹرٕچ کتھ ووتھان چھےٚ وَنہٕ چھُ یِوان
زِ گژھن کیٚنہ چھُنہٕ ناٹک یا ناٹکن ہُنر چھےٚ کٔمی۔ مگر کتھ چھےٚنہٕ یہِ، حقیقتھ
چھےٚ یہِ زِ کٲشُر تھیٹر چھُنہٕ کُنی یِس شَہرَن مَنٛز لگاتار ڈراما ہاوِ ہے۔ نہٕ
چھُ ییٚتھی تھیٹر زِندٕ تھاونچ کانٛہہ جدوجہد نہٕ کوشش۔ اَکھ جوش آیوو
ییٚتہِ کِس شوقیہ رَنگ ہاوَن وٲلِس طبقس مگر سُہ رُود دٕہَن وَرِیَن ۱۹۶۵ء
پیٚٹھہٕ ۱۹۷۵ء تام تہٕ باسان اوس زِ تھیٹرٕ یکہٕ رٕہدار پٲٹھی مگر ژھوکیوو۔
یِمَن دٕہَن وَرِیَن مَنٛز سپُدِ کٔر وارِیاہ ہرقی تہٕ تھٔکِنہٕ لایق تجربہٕ۔ اَمہِ علاوٕ گیوو
شَہرَس مَنٛز ڈرامہ وُچھن وٲلین ہُنٛد اَکھ خاص تیداد تہٕ دٕرینٛٹھ ییمٕ ٹِکٹ
ہِلی ہیٚتھ ڈرامہ آسی وُچھان۔ اَز چھےٚ یہِ حالتھ زِ ٹیگور ہالَس مَنٛز چھِ تھیٹرن
ہُنٛدِ کَم تہٕ سوٗکولن ہُنٛدی پروگرام زیادٕ یِوان ہاونہٕ۔ تھیٹرٕکِس ناوس پیٚٹھہٕ یہِ

کینژن ہا اسی وُچھان چھ زِ چھ کلچرل اکیڈمی ہندِس ڈراما فیسٹولس
منز شٲمِل ڈراما۔ یِمن ڈرامہن متعلق ہیکَو وَنِتھ زِ یِم چھ ڈرامہ بُک گوڈنِک
رِہرسل تہٕ آخری شو۔ کانہہ ڈراما چھنہٕ یمو منز کلبہ کوشش سٟتین
دوبارٕ شہرَس منز لٔٹ لٔٹ گِنٛدنہٕ یوان۔ یتھ رٔو دٕکر ڈراما نۄیس تم تہٕ
چھنہٕ لگاتار رنگہٕ باپتھ ڈرامہ لیکھان کیٛنہہ تکیاز گوڈ چھنہٕ ڈراما گنڈن
کیٛتۍ تھیٹر کنہٕ۔ دویم یاتسہٕ رنگو چھنہٕ تھیٹر کھیس دِوان۔ یمن حالاتن
منز کُس لیکھہِ ڈراما، کُس گِنٛدِ ڈراما؟ کُس وُچھہِ ڈراما؟ ہیاری کنی چھنے
سائنس ٹکس منز دویمین علاقٲئی زبانن منز ڈراما لیکھنٕچ تحریک
برونٛہہ پکان تہٕ رنگس تہٕ باضابطہٕ صحی وَتہٕ لبنہٕ مۄکھ حوصلہ افزاٲیی کرنہٕ
یوان۔ یتیتہٕ چھ کُل بل اسہِ اکھ ہال ڈراما گنڈن کیٛتۍ۔ ٹیگور ہال۔ یہ
چھنہٕ ونہٕ سانہٕ زندگی نزدیکھ آمُت۔ اتھ چھ دونٕ ڈرامہ کم تہٕ ورایی
پروگرام زیادٕ یوان ہاونہٕ۔ تہٕ دوریس منز چھ یہ ہال ڈاے ہتھ دوہ کھوتہٕ
زیادٕ بے کارے روزان۔

یہ سورُے نظرِ تل تھاوِتھ چھ باسان زِ ڈراما لیکھن چھنے اکھ
فۄضول مینیٛنتھ۔ بلی یمہِ نس پانس تسلی دِین زِ ڈراما لیکھتھ گۄر حاصلن
طے۔

ڈراما گنڈنہٕ خاطرٕ گژھن ازکل واریاہ روپیہ آسنہٕ۔ لہٰذا چھ لگن

لٮ۪کن ہنرٕ سرپرستی علاوٕ سرکارٕچ سرپرستی سیٹھاہ ضروٗری۔ یوٗد وے سرکار کاشرِ رنگ لُک مُکمل خرچہ برداش کرٕنہٕ تیلہٕ کُس حق چھُ تس تفریح ٹیکس حاصل کرنُک۔ کیاہ امہٕ ٹیکُک ڈٔہیُم حصہ تہٕ ہیکہٕ نا سرکار ڈرامہس وٕتھہٕ بدِلس تہٕ تھیٹر مُنظم کرنس تہٕ پیشہ ورانہٕ تھیٹر چلاونس منٛز صرف کرتھ۔

کاشرِ زبانِ منٛز اکھ پیشہ ورانہٕ تھیٹر چھُ اکھ چیلنج یُس قبوٗل پزِ کرُن تہٕ پزِتھ فنکارن پزِ امہ خاطرٕ جد وجہد کرٕنۍ۔ یہ خاب تامیر کرنہٕ خاطرٕ چھےٚ کوٗشِش کرٕنۍ۔ انہٕ پنہٕ تہٕ دہنہٕ سان۔ نتہٕ چھُ سوٗرُے باسان اکھ سراب۔

ساری چھہٕ وَنان زِ ڈراما گوٚژھہ تفریح کرُن فراہم۔ امہ منٛز گوٚژھہ اُسن کیٚنٛہ مزاح اُسن۔ وُچھن کیُت نژُن آسن تہٕ بوزُن کِتہٕ موسیقی آسِنۍ۔ مُختصر چھُ تہٕنٛد غرض زِ تم وُچھہن اکھ مکمل رنگ۔ اکھ سالِم تھیٹر TOTAL THEATRE تہٕ امہ موکھ چھُ پیش میون یہ "طوطہٕ تہٕ آنہٕ"

سرینگر۔ ۲۰ اپریل ۸۴ء

موتی لال کیمو

# موتی لال کیموسٕندی ناٹک

۱۹۶۹۔ ترُنوو۔ ترٛے اوک اِنگی ڈراما۔ ترٛنوو۔ مانگےٚ تہٕ منزٕلی نِکہٕ

جموں کشمیر کلچرل اکیڈیمی ایوارڈ ۔ ۱۹۷۰

۱۹۷۲۔ ژھایے۔ ترن انگن منز تواریخی ڈراما۔

جموں کشمیر کلچرل اکیڈیمی ایوارڈ ۔ ۱۹۷۴

۱۹۷۲۔ لل بہٕ دراَیس لولرےٚ۔ ترن انگن ہُند سماجی ڈراما۔

جموں کشمیر کلچرل اکیڈیمی بہترین ڈراما مسودٕ ایوارڈ۔

۱۹۸۰۔ ناٹک ترٛچ۔ ترٛبن ڈرامہن ہنٛز سوٛمبرن۔ حرم خانک اَنہٕ۔ کانٛسہٕ ما رووُ متھے کیاہ گوٚم تہٕ منزٕلی نِکہٕ

جموں کشمیر کلچرل اکیڈیمی ایوارڈ ۔ ۱۹۸۱ تہٕ ساہتیہ اکیڈیمی ایوارڈ ۱۹۸۲

۱۹۸۴۔ طوطہٕ تہٕ اَنہٕ۔ مکمل ڈراما۔

جموں کشمیر کلچرل اکیڈیمی ایوارڈ ۱۹۸۵

۱۹۹۴۔ ڈکھ یلہٕ ژلن۔ دون ڈرامہن ہنٛز سوٛمبرن۔ ڈکھ یلہٕ ژلن تہٕ شاپاتھر۔

۱۹۹۷۔ نگر وودٲسی۔ ژون باگن منز تواریخی ناٹک

۲۰۰۰۔ شاپھ اکہٕ نندٕن۔ ترٛبن انگن منز تواریخی ناٹک ''شاپھ'' تہٕ دون انگن ہُند ''اکہٕ نندٕن''

امہِ علاوٕ

۱۹۹۷۔ اوٗک انگی ناٹک۔ ۱۰ کاشُرٕ بن اوک انگی ناٹکن ہنٛز سوٗمبرن۔ ساہتیہ اکیڈیمی خاطرٕ۔

۲۰۰۱۔ بانڈ ناٹم۔ کاشرِس لُکہٕ تھیٹرس تہٕ لُکہٕ کلچرس پیٹھ گوڈنیچ کتاب۔

۱۹۶۶۔ تین اسنگت ایک انگی ہندی زبانٕ منٛز ترےٚ ناٹک
جموں کشمیر کلچرل اکیڈیمی ایوارڈ۔ ۱۹۶۸

۲۰۰۳۔ پشوٗ گاتھا۔ ہندی ناول۔

۱۹۹۱۔ پالنے کا پوٗت۔ منٛزلی نِکہٕ ناٹکُک ہندی ترجمہٕ۔
ترجمہٕ کار۔ گوری شنکر رینہ

۲۰۰۲۔ بانڈ دُہائی۔ 'ڈکھ ییلہِ ژلن'۔ ناٹکُک ہندی ترجمہٕ۔ ترجمہ کار۔ ڈاکٹر توشخانی

۲۰۰۴۔ شاپھ (دیوناگری رسم الخطس منٛز) کاشُر تواریخی ناٹک۔

آینٛد

ہیمال ناگہ راے (ناٹک)

ریڈیو ڈرامہن ہنٛز سوٗمبرن

لیکھہٕ گوند۔ وغارٕ۔ وغارٕ

۱۹۸۴ء منز طوتہٕ تہٕ اٚنہٕ۔ ''گوڈنیک ایڈیشن چھاپنہٕ پتہٕ آو یہ ڈراما شوقہٕ والیو ڈسک پرنہٕ، کنہٕ
نہٕ سمے چھنہٕ کینہہ تہٕ خبر۔ مگر یہ کتھ چھےٚ سکہٕ زیہٕ آونہٕ کاشری پاٹھی گندنے۔ تمیک وجہ چھ میون
جوم تیرٕن تہٕ تتی بساسی کرٕنی۔ دویم کشیرِ منز بیشتر رنگہٕ جو جلاوتنی سپدٕنی۔ یمہٕ کنی کاشرِ تھیٹ تحریک
روٹہٕ گیہٕ۔ ٹیگور ہال روٗد قریباً باہن وٚرین۔ ۲۰۰۲ تا ۱۹۹۰۔ کاشرِس ڈرامہس سٹیج سپدنس
پزاران۔ یوٚ تام مے نیشنل بانڈ تھیٹرس ستی رنگہٕ ورکشاپ منعقد کرتھ اکہٕ نٔوٚن گندتہٕ پتہٕ یہٕ
کینہہ دراماٗ گندنہٕ آیہٕ۔ دوٚیمن ہدایتکارن ہُندی ڈکر۔

کاشرِ رنگُک مستقبل کیا آسہٕ؟ اتھ سوالس جواب ژھاران چھےٚ مایوسی سپدان۔ ٹکیاز ِ۔ ٹی
وی آو بارسس تہٕ تہٕ چھس مانان ٹی وی چھ تھیٹر ُک پھہلاو یا نو توسیع۔ مگر ٹی وی ڈراما چھنہٕ پننہٕ
صحیح تہٕ واضح ٹی وی ڈراما صوٗرژ منز گندنہٕ تہٕ پیش کرنہٕ یوان۔ آ۔ ٹی۔ وی سیریل لیکھنک زور
چھ ازکل۔ ناٹک ژگارن ہنز چھےٚ کمی۔ وادی منز چھےٚ تھیٹر ہال ندارد۔ تربیت یافتہٕ اداکار سٔندنہٕ
آسُن چھ مویوسی ہُند بوٚڈ کارن۔ سرپرستی چھےٚ شرپُھ پاتال۔ کاشر زبان وارٕ وارٕ سوتان تہٕ
راوان۔ سرکارس نہٕ کلچرس مطلق کانہہ واضح پالسی۔ بدیشی ناٹک اکھا سرکارٕک۔ خرچس پتھ
گندتھ تھسکہٕ ناوٕن کارٕ سکندری۔ نہٕ تہٕ سرکارٕک خرچس پتھ شرٕی رنگہٕ ورکشاپس منز ہیچھناوتھ کانہہ
تہٕ ڈراما گندتھ اکھ شو ہاوِتھ یا ڈراما فیسٹولہٕ موکھہٕ روپیہ رٹتھ ڈراما گندُن تہٕ اول شو ٲخری شو
ہاوِتھ ڈری وادن ڈراما تحریک تھسکہٕ ناوٕنی چھ ازکالُک رنگہٕ ورٔیٹھمان۔ یہٕ چھ ٹاکارٕ پزرٕ لگی تہٕ ٹیوٚ
تھ۔ نہٕ زانہہ کانہہ ڈراما یا تھیٹر سیمنار۔ نہٕ اداکارن۔ ڈراما ژگارن۔ ہدایتکارن تہٕ دوٚیمن فنکارن
ہُند سمن بل۔ ساری پانس پانس۔ آ۔ کاشر لکہٕ تھیٹر چھ وُنہٕ زِندٕ! یوٚ تام ستھ روز دِلن منز۔ یوٚ تام
لکہٕ مالہٕ روزن تو تام روزن لکہٕ جشنہٕ تہٕ پاتھر تہٕ زندٕ۔ییلہٕ کاشر رنگ پوشنہٕ تیلہٕ پوشہ کاشری
نوٚتہٕ۔ ییلہٕ کاشر نو پوشہٕ تیلہٕ کاشر رنگ۔ ییلہٕ کاشر بوٚلن تہٕ پزن پوشہٕ گرن منز تہٕ نقد پوٚ کھس
منز سارٕے کشیر تہٕ کشیرِ نبرٕ تہٕ لو روزن کاشرِ رنگچہٕ زٕژہٕ تیہ تراوان تہٕ رس چاوان۔

انسان چھُ طوطس تہٕ زٕ انان تہٕ ہیچھناوان۔ آلون ہُند نقل ستہٕ اَسی کاشری کیاز راو راوو پنٕنۍ ماجہٕ زٕو؟ چاہے یورلگو تور پکہٕ نو دیہٕ زٕو ستیٕ ستو۔ ننہٕ راوسانۍ کاشر شناخت!

''طوطہٕ تہٕ اَنہٕ'' کوٚر شری گوری شنکر رینہٕ صابن ہندی زبانۍ منٛز ترجمہٕ تہٕ سکر پٹ بنک سکیمہٕ تحت گئو سری رام سنٹر۔ نی دہلی۔ ہتہٕ واو کاپہٕ۔ جیمکوٕ اَکی ہدایتکارن پوٚرتہٕ لٲبن تحریک تہٕ پانہٕ نوٚوِن امیک سٹایل پنہٕ نس اَکس ڈرامس منٛز تہٕ ڈراما گو مُلکس منٛز مشہور۔ مگر کاشری پاٹھی روٚدیہٕ ناٹک ازتام گندنے۔

مے کوٚر مخصوص زِ امیک دوٚیم ایڈیشن گوٚ ژھ چھاپُن توٚ چھُ یہٕ شوقہٕ پرن والین تہٕ ناٹک گندن والین پیش۔ ییمہٕ برونٛہہ چھوپ مے ''ژھانے'' ڈرامہُک دوٚیم ایڈیشن یُس موکلنس چھُ تیار۔

مارچ ۲۰۰۷

